# سٙمکھ تہٕ وَنے

(نسبتن زِتچھن نظمن ہنز گوڈنِچ سوٚمبرن)

لے دے کے اپنے پاس فقط اِک نظر تو ہے
کیوں دیکھیں زِندگی کو کسی کی نظر سے ہم

مرحوم ساحر لُدھیانوی

اٮس راضی

# سمکھ تہٕ وَنے

ایس راضی

A collection of poems

by

*S. Razi*

Kanelwan , Bijbihara , Kashmir-192404

کمپیوٹر سیٹِنگ : ارجمند احد

۳ شتر اشاہی، متصل زوسیکر یٹریٹ، سرینگر

پریس : میکاف پرِنگ پریس، سرینگر

# ترتیب

بِسمِ اللہِ الرحمٰن الرحیمO

# گوڈٕ کتھ

۱۹۹۶ ءیس منز دِژمیہٕ ''آب درآب'' عُنوانٕچ کتاب ترتیب تہٕ کرٕم محمد یوسف مسکین

صأبس کتابت کرنہٕ موکھہٕ حوالہٕ۔ مسکین صأبن دوٚپ کینہہ کال پیٚیی پرأرُن تہٕ میہٕ کوٚرمس

مجبوٗرن اِقرار۔ وقت موکلِتھ گوٚس بہٕ حسبِ وعدٕ تس نِش۔ کتھِ کتھِ منز دوٚنمس زِ بیا کھ

کتاب تہِ چھم ترتیب دِتھ، اگر ژٕ دوشوٕنی کتابن کتابت کرِتھ دِکھ بہٕ چھاپکھ دوشوٕے یکہٕ

وٕٹہٕ۔ مگر مسکین صأبن دوٚپ نم زِ ژٕ کتابہٕ ہیکھکھ نہٕ یکوٹے چھأپِتھ، تہِ پیٚیی دروٗگ۔ گتھ تأرنم

فکرِ تہٕ میہٕ باسیوٚ وپوٗ ژٕے چھُ ونان۔ مگر ستی گوم شک ہیوٚ زِ کتابہِ کتابت کرنس منز چھُ

یوٚہے کنہِ کشان۔ آخر تہٕ واتنوونس دوٚیم مرتب کرمژ کتاب ''مشک'' پانس نِش۔ پتہٕ

ییلہِ بہٕ کتابن ''منز خبر'' گوٚس، میہٕ وُچھ اُمی یارَن اُتھی (دوٚیمہِ) کتابہِ کتابت لأجمژ کرٕنی۔

ووٚنی ییلہِ گوڈنچہ کتابہِ ہنز گتھ وُژھ، اُمی ووٚن صاف زِ سو کتاب کیہٕ حضٕ لٔج خبر کوٚت۔

اَکھ ئتھو ونم پننہٕ قلمہٕ ''مشک'' کتابہِ ہندِس نوٚی مِس صفس پیٹھ لیکھِتھ حأشیس منز زِمیہٕ

اُس فلأنی کتاب لیکھٕنی، مگر سو لٔج خبر کوٚت، اَوے ہیٚژم ووٚنی یہٕ کتاب دردس۔

بہر حال ''مشک'' کتاب چھپیاے تہٕ میہٕ ہیٚژ مسکین صأبس گوڈنچہِ کتابہِ وُگراے کرٕنی۔

مگر تس اوس ووٚنی فی پیوٚمُت تہٕ دوٚپُن شاید کیہٕ حضٕ دِژتھ نہٕ ژٕے سو کتاب تیچ ژٕ

وُگراے چھُکھ کران تلکیا زِمے پھِر پننہِ گرا اکھ اکھ کاغذ تلِم، مگر چأنی کتاب آیم نہٕ کُنہِ

اتھہِ۔ بہٕ گوٚس سخ مویوٗس، مگر میہٕ ووٚنُس کُنہِ شکہٕ ورأے زِ کتاب کرمے حوالہٕ پیٚتی چانہ گرٕ،

ووٚنی گوٚژیہٕ ژھٕنِتھ کوٚت، سو چھیہٕ الگ کتھ۔ امہِ پتہٕ گوٚس بہٕ بیٚیہٕ اکہِ لٹہٕ مسکین صأبس

نِش تہٕ اُمی دوٚپ میہٕ لٔب سو چأنی کتاب۔ میہٕ ہیٚژ اُمِس سو کِتاب کتابتہٕ بغأرٕے

واپس۔ کتاب اُس نظمنے یوت پٹھ مشتمل تہٕ بُتھہٕ اَکھ مضموٗنہٕ ہَن دِتھ۔
خاطر، کتاب راونہٕ کس وقتس دوران آسہٕ مےٚ بیٚیہہ تِہ کینٛہہ نظمہٕ لیچھمٕژ تہٕ پتہٕ تہٕ لیچھم۔ لہاذا
روٗزنہٕ گوڈنکس ترتیبس کانہہ تہِ اہمیت، اَوے کوٚرُم سو کتاب چھپاونک یرادٕ ترک تہٕ دِژم
نوسرٕ ۲۰۰۰ء چن وَندٕ چھٹین منز ترتیب تہٕ روٗزٕ اَتی پڑا۔
کمہٕ کال گوتنہٕ یَنہٕ شوق صابس ستی یوٗنورسٹی دفترس پٹھ ملاقات سپد۔ گتھہٕ منزوٗن
شوق صابن ہرگاہ ژیٚہ زاہ کانٛہہ کتاب آسی چھپاوٕنی، بہٕ ہیکےٚ مدد کٔرِتھ۔ میٚہ اوس نہٕ پانس تہٕ
یاد زِمیٚہ ماچھیٚہ کانہہ کتاب ترتیب دِتھ۔ اکہٕ دوہہٕ چھُس گرِ کاغذ پھِران، زِ اَتہٕ دراے
یہے کتاب۔ بہٕ گوس خوش، کتاب تجم تہٕ گٔرم شوق صابس ۹ جنوری ۲۰۰۱ء کہٕ دوہہٕ حوالہٕ
،مگرٕ ستی ووٗنمس زِ پنٕنی کینٛہہ تاثرات تہٕ لیکھی تھس مگر تیُتھ زِ تہنز راے گژھہِ نہٕ تہندٕ ذری یہٕ
بیٚمہ یور بدٕلنی، مگر یہن تہِ چھُم عرض زِ تم تعریف تہٕ چھم نہٕ حاجت یمن ہُند نہٕ بہٕ فی الحقیقت
حق دار چھُس (حالانکہٕ تمن نِشہٕ یتھ کانہہ توقع تھاوٕن گیہ بیعقلأ زی)۔ ووٕنی کرنأ وشوق
صابن اَتھ کتابہِ کمپیوٹرسیٹنگ تہٕ پنٕنی تاثرات تہِ لیکھی ہس۔ بہٕ چھُس پنٕنس اُمس کوٗنس
سنجید شریف النفس بأے ہندِ خلوٗصک انتہأیی شکر گذار۔
کتابہِ متعلق چھُنہٕ مےٚ کہیں تہِ ونُن اِلایہٕ زِ بہٕ چھُس پننہِ سوچن ترایہِ ہُند تابعدار غلام،
یتھ کُن برونٛٹھے ساحرلُدھیانوی ہندِ اکہِ شارُک حوالہٕ دِتھ اشارٕ چھُ کوٚرمُت۔ ووٕنی گواچھ
مولہٕ آنکوَن ...... سو چھیٚہ سُخن فہم عأ لی حضراتن ہنز کأم۔ رَبِ کریمس وَقتہٕ برونٛٹھے حمدو
سُپاس تیٚمس نِشہِ میٚہ پرٕبتھ رٕژِ کامہِ ہندٕ رٕژُرک توقع چھُ۔ وَالسلام۔

کنٛبلوَن، کشمیر ایس راضی

۱۷ جنوری ۲۰۰۱ء

# راضی، اَکھ آزاد شاعر

اسِ راضی صأب زانن بہٕ ترٕ ہوٕری یو پتھٕ، ییٚنہٕ بہٕ اسلام آباد کاٚلجس منز پران اوسُس تہٕ سائنس پرنہٕ کھوتہٕ اوسُم کاشرِس منز رِسالہٕ کڈنک تہٕ انجمن سازی ہُند جنوٗن۔ یم اُسی تم دوہ ییٚلہِ اکثر کاشرٚن شاعرن کنہِ نتہٕ کُنہِ رٔنگی پرانہِ اُسلوٗب بند اِظہارٕ نِشہِ ڈٔلتھ پنُن الگ انداز اِختیار کرٕنک سخ شوق اوس۔ تنہٕ پتھٕ از تام کوتاہ بدلیوٚ وعالم، کشیرِ ہندی حالات تہٕ کتہِ کور بدلیٚے، تہٕ اَتھ ستی روٗدی راضی صأب تہٕ بہٕ تہِ بُڈان، تہٕ اَخرٕ تہٕ بُڈیٚے۔ ووٗنی سپُد میٚہ راضی صأبس ستی نوٚو ملاقات "<u>سمکھ تہٕ وَنَے</u>" منز شامِل نظمن ہندِ ذٔریعہِ، مگر اَتہِ وُچھ میٚہ سُے راضی یُس میٚہ از برونہہ ترٕہوٕری سمکھیو مُت اوس۔ پننہِ اکہِ خاص شخصیژ ہُند مألِک، پننہِ اکہِ مخصوٗص طرزُک مألِک، یُس نہٕ یمن ترٕہن وٕرین دوران پوٚتُس پتھ ییٚنہٕ واجنٚن تبدیلین ہُند کانہہ اثر پیوٚ مُت چھُ۔ سُہ چھُ بدستوٗر پننی سادگی، ایماندأری، جذبأتی شِدت، تہٕ بیہ پھریک لہجہِ رٔژھرأوِتھ۔

"سمکھ تہٕ وَنَے" سوٚمبرنہِ ہنٛزٕ نظمہٕ چھیٚہ گودنٕتھے یہِ تاثُر دِوان زِ راضی صأب چھُ آزاد شاعر۔ سُہ چھُ آزاد، شاعریہِ ہندیو قأعدٕ بند رِوایتی طرزو نِشہ، سُہ چھُ آزاد ہمعصر تنقیدی بالا دستی نِشہِ، تہٕ سُہ چھُ آزاد "بوٚڈ" شاعر بننہٕ کہِ بیہوٗدٕ ہاوسہٕ نِشہِ ییٚلہِ زن اَزِکی اکثر شاعرا مہِ ہاوسہٕ نام نہاد سری موضوع زأنِتھ مأنِتھ تُلِتھ غیر ضروٗری ورگہٕ اِظہار اختیار کران چھہِ۔ نتیجہِ اَکھ من پھیُر انن وول دُہراو، خصوٗصاً غزلس منز کُنُے لفظہٕ ورتاو تہٕ نیم سِری، نیم عاشقانہٕ نہج ییٚتھ نہٕ عصری زمانس ستی کانہہ تہِ واٹھ چھُ۔ تِتھِس جیرٕ انن وألس شعری فِضہس منز باسہِ اسِ راضی صأبُن کلام سانٚن پرٕن والین گوڈٕ گوڈٕ عجیب تہٕ وِدپر۔ مگر پزر

چھُ تِہندِ بن تو قاتن خلاف تی لیکھان یہِ تِمس پانس اہم باسہ، نہ زِ تہِ یِمیٚک بازرس منز چرچہِ چھُ۔ سہُ ہیکہِ ''گُلہِ تہٕ أسی'' ہِشہِ سیوٚ دساد نظمہٕ تہِ لیکھتھ، تہٕ ''بیاکھ نظار'' ہِشہِ سری نظمہٕ تہِ۔ مگر لیکھہِ تِتھہٕ پأٹھی یِتھہٕ پأٹھی راضی تہٕ صرف راضی لیکھتھ ہیکہِ۔ اَتھ چھُنہٕ کأنسہِ ہندِ تأییدُک ضروٗرت۔ یہِ چھُ راضی نہِ شأعریہ ہندِ پزرُک لُب لُباب۔

راضی نبن نظمن منز چھُ گأمی زِندگی ہُند پوٚت منظر یِتھ منز اَکھ ٹھہراو چھُ تہٕ بظأہر لوٚکٹ موٚکٹ واقا سیوٚ دساد لگن ہندِ خاطرٕ دوہدِش چہِ زِندگیہِ منز وقتہٕ کہِ رفتارُک احساس پأد چھِ کران۔ راضی صأب چھُ سیٹھاہ مخلصانہٕ آیہِ یِمنے لوکٹن موکٹن واقعہن سٕتی شدید جذبأتی رِشتہٕ آسنہٕ کِنی تِتھہٕ پأٹھی لیکھان زِ تِمسن چھُ پننہِ ذأتی زندگیہِ منز اکھ مقصد پوٗرٕ گژھان باسان تہٕ اِد چھُس باسان زِ بنان چھُ اَتھ منز مالبہ تِمی سُند پرن وول تہِ کانہہ اہمیت۔ وُنکین یِیلہِ سانبن اکثر شأعرن ''بڈ بن'' کیوٚ ''لوکٹن'' موضوٗعی تنگی، جذبأتی وابستگی ہنز وہٕشے تہٕ اِظہارٕچ تنگدامأنی ژھوپہِ اختیار کرٕنس کُن رأغب چھیہٕ کران، راضی صأبنہِ نظمہٕ چھیہٕ اَتھ برعکس ترژھہِ أکس وَتہٕ کُن اِشارٕ کران یِیتہِ اکہِ کُلیک ژٹنہٕ یِن، کأنسہِ غریب ہمسایہِ سُند مرُن، کأنسہِ جانورسُند عذاب، تہٕ عام اَکھ بس سفرتہِ نظمہِ ہُند موضوٗع ہیکہِ بنتھ۔ یِیتہِ زِندگیہِ ہُند پرٕتھ کانہہ ژیُہہ اہم ہیکہِ أستھ بشرطیکہِ شأعرس روایتی قدرو تہٕ گنڈِتھ ژوٗپرِتھ معیارَو نِشہِ آزأدی میسر آسہِ۔

شفیع شوق

۲۰ مارچ، ۲۰۰۱ء

# یارب العالمین

ڈ دی ءِتس سائِنس زمینس تراو روٗد
لیکھ وونی سائِنس جبینس تراو روٗد
کُس وَنی تَے کُس دَپی، کمی سُند مجال
وَس پتھر عرشِ برینس تراو روٗد
پرٛتھ گداگر فِطرتاً مُحتاج شاہ
پرٛتھ أکِس بیکس مکینس تراو روٗد
خائینن تعداد ہرٛ ؤن، کم امین
خائینس تَے بیٚیہِ امینس تراو روٗد
ٹوٗٹھہِ آدم ،پوٗٹھہِ بیٚیہِ اِنسانیت
یُس اصیلس سُے کمینس تراو روٗد
ڈٖتھی قدم اجٕہلی ،کرم گٔیہِ ناروا
سینہٕ کیا تیُتھ چھل زِکینس تراو روٗد
نا وومیدی گٔیہِ تہٕ حُزنن نال ووٗل

بنۂ بے دسگاہ حزٕنس تراو روٗد
شادگر، شاداب گر، سیٲراب گر!
ژٕنی گمژ سائنس یقینس تراو روٗد
لوٗن جوٗرِتھ سون تےٚ کُل عالمک
بیٚیہِ تہِ مکس، بیٚیہِ مدینس تراو روٗد
شینہٕ ستبن 'شیخ راضی' یُتھ بلبم
از کرم تریٚیے قطرٕ سینس تراو روٗد

۲۵ رمضانُ المبارک ۱۴۲۰ھ
مطابق ۳ جنوری، ۲۰۰۰ء

ا۔ ہو کھیہِ ہُند شدید احساس گژھتھ وُزیہِ یہِ نظم میٚہ۔

# اِنتساب

مےٚ دۆپُس : ''ژٕ گیٚکھ مےٚ زِندگی''

تہٕ دۆپُن : ''نہ ستی نہ خودکُشی''

مےٚ دۆپُس : ''یہِ گیی ژےٚ سورمہٕ سرنڈ''

تہٕ دۆپُن : ''ژےٚ ہر تہٕ پوشہِ لٔنڈ''

مےٚ دۆپُس : ''بہٕ رَچھےٚ یہِ کول مَس''

تہٕ دۆپُن : ''بہٕ رَچھن تہٕ چانٔی نَس''

مےٚ جوٚرُس ژٕندٕ رژٕندٕ رڈ بکس

تہٕ دۆپُن : ''بہٕ ؤندِ تھ ژےٚ راضیس!''

مےٚ دۆپُس : ''ژٕ گیٚکھ مےٚ زِندگی''

بِذٲتی چھُ یہِ اکھ نظم ''لین دین''، یمیُک لیکھن تٲریخ ۱۳۰ کتوبر ۱۹۸۵ءچھُ۔

ا۔ ستی: ہیٚند بن ہُند سہُ پرُون غاٛر مذہبی رسم یُس یتھ مطابق اَکھ ہیٚندی زنانہٕ پنُن خانہٕ دار مرِتھ تہنزِ نےٚ دزٕ وِنہ ژیٚتایہِ پٹھ کھٔسِتھ پنُنس ٹاٹھس جانس سوٗز کرنہٕ خاطرٕ مجبوٗر کرنہٕ یوان اُس۔

# تنہائی

راتھ ییلہِ بہٕ دفتر دراس خوش قدم کیہٕ آنگن ژاس
اَتہٕ گمُژ ہبدَے وادَے آفتاب اِستادَے
انہٕ گٹس نہٕ وٕسنس وَتھ تارٕکن نہٕ کھنٛچ سَتھ
آس ئنڈی دوہچھن باوان آفتابہٕ ژٕپی ہاوان

اَز تہٕ ییلہِ بہٕ دفتر دراس
کھوٗژی کھوٗژی آنگن ژاس
اَز نہٕ نوٗن سہٕ اَفتابہٕ
اَز نہٕ گاشہِ گردابہٕ
زُلفہٕ کاءج زیبائی
اٗتی پٔنٕز شہنشاہی
قصہٕ برونٹھ کُن اوٗنمس
سیٖنہٕ سورمس ووٗنمس:

''دوہ گرَے پٔنٕن قربان راتھ کوٗت گمُژ ائسکھ؟''

۱۴ اگست، ۱۹۸۵ء

زیبائی لفظ چھُ یہِ خیال ہیتھ تہِ پرُن زِ برونٹھ اوس کاشرِ ن زنانن 'زیبہٕ' تہِ ناو آسان۔

# غنی وُچھنک ہاوس

گوژیہٕ چھے

'غنی' وُچھنکی ہاوَسن

ژھٹھ کڈ مژ ادِ سأتہٕ جانے گو

مگر خبردار چھے

شہردرن گری زِنہٕ کنن

تِکیازِ تم نیرنٕے شہرٕ چہ لرِ

مولہٕ ناونہٕ نہ زِ 'غنی'

کفن ژوٗرن تہٕ وٕنی زِنہٕ یہ گتھ

تِکیازِ تموآسہٕ خبر کَر

تِمس بچارس کفن ژوٗرِنتھ ٕلنتھ کھیوٗمُت

تہٕ سوالِ خُدا چھے اَگرَ ے گورٕ ملن تہٕ گرٕ شھکھ

تِکیازِ تم نیرن ٹونگری تہٕ گینزٕ ہیٚے ہیٚے

مگر دسیاب سپد بکھ نہٕ کہیں تہٕ

بہر حال پیٚیی ژیہ

توٚکل کرِتھ میہٕ نِش ینُن

درایہٕ یَے تہٕ میأنس اَلبمس منز

تِسنز گٹ تصویر

۱۳ اکتوبر ۱۹۹۱ء

# ہوٗنۍ کارتِک

کارتِکٕچ زوٗن

اَس ژندَن گُل ہِش پھوٚلِتھ آمٕژ

وان اَسی بند

تہٕ کُنُے وان اوس وۄتھ

بُلھوَس ہوٗنۍ

اَسی زِٹوٗ رِٹوٗ رِاَسی چھوٚان

مَس کیاہ گٔیہِ

زِ لاًگِکھ چھِرٕ وَچَن

دند دِنۍ

مگر

یہِ کاًم ماًندِ ہے

رقیبن آنٕج ہور نہٕ بغاًرٕ ے

اَخرتہ پیوٚکھ

ہسپتالن ہُند ضروٗرت

مگر

ہوٗنۍ ہسپتال

در ہِس سمسار نباشد

اَکم اکتوبر ۱۹۹۰ء

# ہُز بری

زمین

سأرِ ے رئٹن پنجن تَل

گولاب

تھوٚ ونس

نہٕ سرٕو

رُونس

طبیلہٕ

مُرٕ ؤ رٕ تھوٕن بناوِتھ

تہٕ داں کھٮ۪ن

ہوٗنٕ وُشکہٕ کھأنتھ

وُ نگان وُ نگان

تھٕر پھرِتھ

خُدا ییس دوٗپُن :

"بہٕ موٗدُس !"

۳۰ دسمبر ۱۹۸۳ء

# بےٚ دادیوٕہو

''(میم[1])مأ جی!

ژٕموہِ کھَے پڑٕی پأٹھی؟''

''نالگَے ہا(بے[2]) گوٚبریا!

وُنہِ ناموٗلیس نہٕ دَپھ

وقتِ پیٚری تہٕ سکراتُ الموت

ہیُکاہ ہیُکاہ چھُم لگان

تہٕ ظأہرا چَس سکھرانٕے''

''نَے تہٕ کفنٕک کیاسوٗ چُتھ

مأ جی!''

''مَٹہِ ہاتھوُم

گرٛ۔۔ژ۔۔۔ژ۔۔۔د۔۔۔د۔۔۔ن

کہ۔۔ک۔۔۔ا۔۔۔و۔۔نہ۔۔۔

۴ دسمبر ۱۹۹۰ء

۱۔ میم: مُروَت، مہربان ؛ ۲۔ بے: بےمُروَت، بےٚ دود

# ٲرٔش

مٕنگہٕ کھٮ۪یہِ ہم

اَزتہِ ٹایپ رایٹرَ و

زنگہٕ دوٚشوَ ے

انگہٕ روٚستےٚ کُرسیو

کیاہ وَنےٚ أچھ گاش

ہیوٚت ہَم کاغذَ و

رَتھ ژٕشتھ ترووٚس

بلاٹِنگ پیپرَ و

☆

شامنس

گرٕ کیا سیوٚ دُ ے ووٚتُس پھوٚنگِتھ

میانہِ آشٮ۪نہِ تھیوٚک

تہٕ ہتھ کھاَرِتھ ووٚنُن:

"میأنی مالنٕ گرٕ ھوٚ چھُکھ از

ہاو باو!

سأنی مِسکینی

جُراں چھنہٕ ماز پاوٚ"

یور دۄ پمس: ''اَس حمیدم (/ہمیں دَم)

بَس پگہہ

أسی تہِ بڈی باپأری آسو

ماز کھاو''

اورٕ دۄ پنم: ''اتھ ژیہٕ کیا

سوٗچتھ سپیل؟''

یورٕ دۄ پمس: ''گتھ کھیہٕ (/چھیہٕ) گتھ

وولہٕ گلی رُو۔و''

۳ نومبر ۱۹۸۵ء

۱۔ type-writer، ۲۔ انگ: تان، ۳۔ blotting paper ۴۔ حمیدٕ چھُ زنانہٕ ناوتہٕ 'م' چھُ نِسبتِ تکلیکی ظأہر کران۔

# مغالطہٕ

عشقہٕ پیچانو

نادانو!

تُہہ کتھو پٔتھ سورنیہِ

ہیٚے ہیٚے دراٸمتۍ

سوٚے 'جشنِ کشمیر'

بخشی صاٸبس ستی موکلے یاو



اَچھا!

گو وقت چھُ قریب تہٕ

تُہہ چھِوٕ اِسرافیلس

پتہٕ پتہٕ نیرَن واٚلی؟

ووٗنی گیہِ

بے ادبی،

بے خبری معاف

تہٕ

نیرِو خُدا ایس حوالہٕ

۱۸ ستمبر ۱۹۸۸ء

# ضمیر

میہٚ اُس نہٕ خبر

دون دوستن کیا آسہِ

پیپٕڈ وُژیمٕژ

نتہٕ گیاس نہٕ بہٕ فاصلی بنن وول

وُچھُم تہٕ داندس روُنکھس

رَتھ وَسان

یوٚہے لٕلہٕ ناوان، لٕلہٕ ناوان

وۄننم: "تیمی بےٚ پَڑھ خبیثن

وُچھتھاہ کیاہ گُدرووُم

زِندٕ ہے ماز چھچھ نٕنی تہٕ سوے

پانس کھینٕنی!

ہوٚنی تہِ کوٚر ریٚنن جواب، دعوا پیش،

"چھُم تہٕ وُنہِ تہِ یار، مگر بو چھہِ دادِ حض

آیم بَرمندِ نہن تارَکھ بوزنہٕ

سبزی خور ہے آہہا، جٔجل زَدمجرِ ماہ اوسُس"

وَس دٕزِم بوٚزِتھ

کھرنگ ژھُنمس: ''دَندا! زِندِ چارپا

تہٕ شِکار!

'کتاب' کوسہٕ تہٕ شریعت گُس چھُے ڈَکھہٕ؟''

یہِ ترووُم اَتی نےٚ تہٕ پھیوٗرُس داندس گُن:

''ہٕنگاہ! وٗنی آنگن سرِتھ چھُکھا

حَکَم ژھاران؟

تہٕ ہوٗنس لانہٕ طانہٕ: ''دَندا! افسوٗس چاٗنس عاقبتس

تہٕ بےٚ پڑھ یارانس''

زبان تہٕ شمشیر

مغلوٗب نےٚ گرژھہٕ ہا، فاٚصلہٕ کیازِ

تراوِہا اَڈلیوٗکُے!

اِضطراب چھُم تنٔے پٕٹھہٕ

سفید شین کوترس

کُلہِ پَتھ کُلہِ تہٕ لنجہِ پتھ لنجہِ

پھِرناوان

۱۴ اپریل ۱۹۹۴ء

حکم: فاٚصلہٕ

# پراوُت

اَز

نومبر سَتھ تہٕ گُنوُہ شَتھ ژُشیتھ

پوٗر پَتھ ترٲوِم میہٕ

اکتاٲجِہہ وٲری

دوٗن پنداہ ساس

چھاٲوِم پھاسہِ کوٗڈ

اَن کھیوٗمُت آسم وُنیگتاں

کرٕژ کھاٲر

آب ٲرژ گیلن چیٚیم

کیٚنہہ چھُم نہٕ پَے

کھاد ٲرژ کونیٹل

مشیٖی ٲرژِ کلو

کوٗت ڈیمبکر ان وولُم

چھُم نہٕ پَے

چھُس کھِلاڈبن ہُند بنیوٗمُت

کوٹ یارڑ

دوس دُشمن

ساسہ بُدی بیکٹیریا

ہَش پہرلا۔ گتھ اُتی

ٹگ آف وار

چھم میہ اَکھ آشینٛ

تریہ شُری اہل وعیال

کم گُناہ کائتیاہ قتل

اَزتاں گُرِم

میون دَے

زانان سورُے

یُس ستار

۱۹ جون ۱۹۸۴ء

tug-of -war_۳ bacteria_۲ courtyard_۱

# جوابِ دعوا

## یا یُّھَا النّاسُ !

''بہ یمہٕ ہا نہٕ ہێیہٕ تہٕ ہێیہ

تکیازِ میہٕ چھ ووٚنی یِتہٕ گرٛھ کران کران

یہِ ڈٲلی زِتہِ ژھبنہٕ پتھر گاٹِر

علاوٕ چھم اِندراز ِنی

راز دربار، ہنگہٕ پھێتی ، موکھتہٕ جالر

سبز باغ، روپہٕ ڑ ناگ

پٔتھرِم چیز باسان ۔''

O

یاُولی الاَلبابِ وَالاَبصارِ!

''میہٕ چھہِ وَندٕ گٹہٕ کارٕس

کمبرس پپٹھ شِشر گانٹھ پھُٹر اونہٕ

تُل کترس لتہٕ موٚنڈ، شِنَس رِس

تہٕ طرحدار چمنہٕ بندی

کرنہٕ خاطرٕ ے دستار بندی

کُرِتھ سوزان''

۲۴ جنوری ۱۹۹۴ء

# بیا کھ نظارٕ

بوز مالہِ!    بہٕ آسے تورٕ پھیرِ تھ

اَلماسس اَے پزٕی پاٹھی چھہٕ    پھٕلے اُچھن

شینکیاہ خورشٕنی یا    تیٚے چھُ پننہِ وسیعُ القلبی

ہُند ثبوٗت فراہم کران

وونی گوا کھکی کیاہا چھہٕ ......

قدرشناس تہٕ صاحبِ نظر گژا کھ ندارد

آکاشس تہٕ دٔرتی منز باگ

چھہِ زلٕری بوٗنہٕ ہیوٚ رتہٕ ہیرٕ بوٗن گرِتھ

زربف تھان وونان

جموٗدا گرا اَے پھٔٹ مُت چھ    تہٕ یہندیٚ دٔسی

حرکت اگرا اَے جأری چھہٕ

تہٕ یہندیٚ ذریعہِ

گرٕٹے چھہٕ گرٕٹ یال

موقہٕ غنیمت    تہٕ نظارٕ وُچھن لایق

''نصر بابہ! میہٕ وُچھ    تہٕ ژٕ وُچھنہِ گژھ''

۱۶ نومبر ۱۹۸۷ء

ا۔ شیخ العالمؒ سُند مصرعہ

# ٹٔرۍ کہٕ

أمِس

تراوُن پتھر

بُڈی بابہٕ سُند زرٕ گُل !

○

مکٕرٕ ہبتھ

کھورٕ شورٕ ییٚلہِ سام تمی ہیٚۄنس

میٚہ گوأ چھن انہ گوٹ

تامتھ سمندر دِل گرِتھ

اَڈٕ ؤژھ نظر ترأوِم

یہِ کلھن

وُچھ میٚہ گُلی مؤران:

"کلُک خأرات دِےتَو

زِندگأنی ہِنز براتھاہ کانہہ"

○

میٚہ ژھینہِ

صبرٕ چہٕ طنابے

تہٕ کھورن اتھہٕ لٲ گی لٲ گی وونمس:

''تبردارا!

خُدارا کرمیہٕ پٔتھ رحم نظر

تراوُن پتھر گوڑٕ سرٕ وُکل میونے''

أ-کم جلٲے ہری ۱۹۷ء

یہٕ نظم چھیہٕ میانہٕ مأنزٕ گلی میأنی کتابہٕ منز چھپیمٕژ۔ یتھ آو وونی اکھ غأر ضرورٕی بند نبر کڈنہٕ۔ پوٚت منظر: اَسہٕ آس پرانہٕ جایہٕ برونٹھہٕ کنہٕ، ہناہ دوٗر، دارِ سیوٚد اَکس ہمسایہٕ سنز ژیرٕ گج۔ لہاذا اُس میانین نظرن ہُند مرکز بنیمٕژ۔ یہے ژیرٕ گج کٔرٕ أمی ہمساین، تہٕ اوٚ موجب آیہٕ اکہٕ دوہہٕ ژٹنہٕ۔ نتیجہٕ دراو یہٕ زِ اتھٕن گوا اکھ نمایاں خلا پأدٕ۔ وونی اوس میہٕ دارِ پٔتھ بہتھ یہٕ ڈٔلی زتہٕ اضطراب لاران۔ باسان اوس پرٕ دأری اُس، سومو کلے یہٕ، دہن وا یمان اوس، تتھ گولٕ ٹھ۔ احساس گنیوٚ ویوٚت زِمیہٕ باسیوٚ وُکل کشیرِ ہندِس کلچرس سپُد لوٗٹھ۔ بہرحال أمی احساسن دِتی موٗل تہٕ وو تلتھ آیہٕ یہے نظم۔

# یِیلہِ میہٕ ہور

رأژ پہراوس گُذریومُت

بہٕ اوُسس وُنہِ تہٕ سوچان......

......ہنڈی گرٕژھم زِندٕ زُوَے

مگر

گٔنڈی نہٕ مٔرِتھ تہٕ

أتی نٕے اوس

تریشہِ گلاساہ اَکھ

ربوٗدٕ گوٚمُت......ہَتھ اِنقلاب خاموش

تہٕ آزأدی طلب بحرُ الکاہِل

نگھَے اوس ژھیوٚ ومُت لالٹین

پھِسر ارٕے کران:

"بہٕ چھُس تہٕ محض

اَکہِ دَزوٕنہِ گندَکھ تُجہِ ہُند حاجت مند"

سٹینڈس پٹھ اوس

ہَچہِ ہوٚستاہ اَکھ

میہٕ کُن وُچھان تہٕ سوچان:

''کُجایہِ راضی بچورتہٕ کُجابہٕ!''

زِہے قسمت

ہٕسی تِس ستی یارانہٕ لاگن والین گرٛھہِ

ہٕسی بَرَن تہِ آٮ۪نٛز

ا لونداوس کُنٛے

کاغذی ہٮ۪ہہ

مگر کاغذی ہٮ۪ہن کُس چھُ

اَز تام کھوٗژمُت زِ بہٕ!

أتھی اندر پیوٚ ومیہٕ

کلوخ ہٮ۪نہِ نبر نیرُن

مکانس اَرم

ژووا پأری نظراہ

زِ یگھ کیاہ سنا چھُ سوچان

مگر أمی وۄن کوٚر نہٕ اورٕ کہیں تہِ

میہٕ دِتس گَتھ

مگر جواب ندارد

بہٕ کھوٚتُس ٹھَس ٹھَس کران ہیرٕ پاوٕبن

زِ کانہہ نتہٕ کانہہ جواب میلِم

مگر

تیمیٚے ہیرِ کھوٚتُس

تَمیٚے وۄتھُس واپس تہِ

مکانٕک یہِ دنٕدسوٗ کرُن

نہ آم پسند تہٕ نہ راس

اَوے ژاس ہیٚیہِ پنُن کُٹھ

میٚہ پھِر ہیٚیہِ نظر

سأری چیز أسی تِتھے پأٹھی

پٔنٕنی پٔنٕنی جاے وَتھ کران

اِلا نہٕ سہٕ 'أندرٕ ہُمل'

نہ نیٚبری، تہٕ نہ اندری

میٚہ رُوٗد نہٕ اختیار

تہٕ ہیٚکہٕ ژوٗلِم نیٚرِتھ

''مگر یہِ مکانٕہ کیاسنا چھُ سوچان؟''

کمی تام بوٗزِ تہٕ نیونم ٹسنہٕ کرِتھ

''راتہٕ موگَل تام اَے شوٚنگی

ژٕ چھُکھا دُنہِ تہِ ہُشارٕ ے!''

۲۲ جون ۱۹۹۲ء

I_stand

# اَکھؤ کُر ـ ـ ـ

گُریو چھے ژیہٕ قسمت بہ گوسے سوار
ژٕ رَٹھ واژ لاکم، وُچھان گژھ بہار
مہ راور وقت، پکھ، مہ کر انتظار
فلاح أتھی اندر چھے ہنا کر وبژار
میہٕ ہم پایہِ کانہہ وُچھتھنا شوٗبہِ دار؟
بہٕ نے چون مأ لِک ،ژیہٕ تیٖلہِ کُس وِقر؟
بہ لوٚت ہار چھُسنا، یوٚہے زن بہار
مگر پوٚز ژٕ چھُکھ چیٖٹ ژٕ پیوہم بوار
اَوَے کَنہٕ ژیہٕ پٹھ زاہ یواں چھُم نہٕ عار
پھوشاں چھَم تہٕ راواں تیٚتھے اِختیار
تلاتام پأزار رَٹھ بے شمار !! ''

○

یہِ بوٗزِتھ گُرِس لُج أشِس تیزدار
دوٗ پُن ...... '' راوِ رووٗم پنُن اعتبار
بس ماجہِ اوُسُس نہٕ خدمت گُزار
تمو ترأو لَر، تَے بہٕ کوٚرہس ہُشار
یہٕن ہے تہٕ لبہٕ ہن میہٕ طاعت گُزار
چھِ فرمان بردار ،کیا چھُکھ قرار

بلمہٕ دود کتھہٕ کنی، چھلمہٕ گس غُبار
کرہم پرٕد دأری صرف...... مرگزار

O

مگر، پوٗز ضمیرن سہٕ کوٚر خود بیدار
گوٚنڈُن نار تس تیتھ ، سپُد بے قرار
دوٚپُن تس: ''ژٕ اوسکھ دوہے بتھی بزار
پڈٕر چھوٚت ژٕ اکھ بٔنیہٕ ژٕ مُردم آزار
یہٕ لوٚیُتھ ژٕیہٕ پانس، دیٚتُتھ ئلی میہٕ مار
میہٕ وُٹٕتی فریدوٗن ، اسفندیار ......!
نبض لوٚب میہٕ تموٗے، تموٚ کوٚر میہٕ پیار
تلا کن پٔژن پان ، کھٔنڈ لوتہٕ ہار
میہٕ کُن وُچھ ، کنو بوز، ادٕ چھکھتہٕ نار!
ژٕ بر اسپِ تازی ......مگر خرسوار
'ہہِ ہیں ہیں' ژٕ یکتا، مگر ناہٕکار
ژٕیہٕ لوگُتھ میہٕ ئلی بیگ آموز گار
اجل نے ژٕیہٕ واتی، کڈی جل دمار
بہٕ تیٚلہِ پأنی پانے گرٕہے ٹٔکٕ اچار''

۲۰ مے، ۱۹۹۶ء

فریدوٗن تہٕ اسفندیار: شاہناہکی زٕ کردار۔ فریدوٗن اوس ایرانک اکھ نامور پادشاہ۔ یلہِ زن اسفندیار بوڈ بارٕ پہلوان اوس۔ اسفندیار سنزٕ تن اُس لوہِ یو تہٕ صرف آسس اُچھٕ مازِ۔

آموزگار: ووستاد، مطلب، بیہوٗد کتھہٕ گوٚر۔

# آب × آب

اَزچھُ

اکہٕ تاٗجی ہم دوہ

روٗد چھُ اَژھبن پبوان

لوٗکن چھُنہٕ تیوٗت گرِتھ

پُیش تہٕ پیٚٹھی پوٚ کمُت

تہٕ ناو بناوں وول حضرتِ نوٗحؑ

چھُنہٕ گُنہِ بوٗزٕے

حالِ مس تہٕ مالِ مس لوٗکھ

اسہٕ ہاٗنیے

مگر کینژن زنبن تہٕ لگہِ ہے تار

ڈرتی پیٹھہ تہٕ لگہِ ہے نوٚسرٕ بستی!

O

ڈرتی والیو!

بوٗزِو! تہٕ وارٕ بوٗزِو!

نیٚروتہٕ حضرتِ نوٗحؑ ژھاٗریوٗن

تکیازِ عالم چھُ

آب × آب (آب در آب)

۱۳؍۱۱ اگست ۱۹۸۵ء

# سوختہٕ

وُچھاں ؤتھی تان واراہ سانہٕ سرٕدی

پیوٚ ٹھُس پیٹھ کاندرن توٚندرس توٚتےٚ لٔدی

گوڈٕنی پیٚیہٕ تم یم آٔمتی. اَسی یٔژ مٔدی

پتھر پیٚیہٕ ، پیٚیہٕ پتھر، اَسی نہٕ زن تھٔدی

توٚندُر رچھا کیٚنہہ وُچھاں گوڑٕ زِٹھی ژھوٚٹی قٔدی

کھُسُن واپس سہل اوسا، ؤدِکھ پٔدی

دبدن ہُند ضایہٕ گو، 'توٚ' 'تی' تہٕ 'بُدی بُدی'

سہٕ ُتوٚندرَے ووکھہٕ کرِتھیومُت چھُ لٔدی لٔدی

تمیک نارٕے[1] کراں گوڑٕ حوصلس[2] زٔدی

پلن یُس زالہِ وأرِث دَرسہٕ ُا بہٕ جٔدی[3]

ژٕ کیا ژٔڈی زبن ،سہٕ ُ کیا مانی کرٕنی گٔدی؟

تیٚمی اَے واوَن وُچھے کبتھہٕ کِتی گَن ؤدی

میٚہ رۄس، سأئلم کتھے چھَنہٕ، کھٔتی نہٕ اَڈٕ ؤدی

چھٔکِتھ ژھوٚنمُت میٚہ موکھتَے یۆت ؤدی ؤدی

پڑاچھُس ، چھُس پڑا، والبم ووں گس ٔندی[4]!

۳۰ دسمبر ۱۹۹۵ء

۱۔ نارٕے یا ناوٕ ے؛ ۲۔ گوڑٕ حوصلہٕ: مِلہٕ ؤنی لفظتہِ تہٕ الگ الگ لفظتہِ۔ مِلہٕ ؤنی لفظ چھُ مطلب ابتدأیی حوصلہٕ یتھ سبٹھاہ درٕ بہٕ چھُ آسان۔ ۳۔ جدی بۆدی، وراثتی، حسبی نسبی۔ ۴۔ ٔندی: مطلب کولہِ منزٕ

# راوُن لبُن

میہٗ چھُ یادٕ ے شُری لأزی اندر

اَچھہِ دأرِ پنٕنی ییٚلہِ راوے یَم

پتہٕ تیوٚت ووٗ دُم وُ زنووُم گام

تمہِ 'ماجہِ'

لٔبتھ گٔہ تاں أنی نم

پتہٕ دراو یوگاہ اَکھ کوٚت تامتھ

موٚت راوُن، موٚت جانانہٕ لبُن

تیُتھ آم نہٕ بُتھہِ کانہہ پأغمبر

○

یٔژ کأژی

بہٕ ووٗنی پانے رووُس

اَلہمد ردٗ وتاں مٔشر ووُس

میٔژ زاونہٕ کانہہ حضرتِ انسان

کھشِ وأنجہِ (گَس/گتھ) چھُ تھکبہٕ ناوان

أنی سارٔ گرِتھ گٔہ تام لوٚبُم

بے چھُس اوٗ بے نتہٕ سوے اَچھہِ دأر

۱۰ اگست ۱۹۸۵ء

۱۔ اَلہمد ردٗ۔ شِدت پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ آو لفظس 'اَل' واٹنہٕ۔ یہٕ چھُ عربی ورتاو۔

# بوٗ پچھہِ

تِکۍ یہِ گنہٕ

تھاوِتھ چھُ پانس

آفتابس

حبشیاہ اَکھ

نوٗ نگاہ

ہاوَسن ہِنز سازٕ گر

ملبس لوٚان

اَکھ دبواہ

اَلماسی اوٗک ژاۍ اَرِس پوٚان

دٕ ہ موٹان

اجدر بنان

گاٹِشس کھوٚان

سنگِ مرمروِ گنہِ

گنڈۍ زاس موٚان

۲۵ دسمبر ۱۹۸۰ء

ا۔ نوٗ نگاہ: نظرِ باز شخص ۔۲۔ گاش اوس کاٹشرِ بن ناوآسان ۔ لفظ شخصوو (personify) میہٕ اَوَ ے لیوٚ کھمس گاشس بدلہٕ 'گاٹِشس' ۔ مگر پرٕ نہٕ گژھنس دونوَ ے لفظ تہٕ ۔

# نہ شُشُن

تتھ مکانس......مگر بہ کیاہ کرٕ ہا
ژونگ اوسُم نہ رأژ أچھ گاشاہ
دارِ بَر آہہ ہَن اَسن ٹھاہ
قأد ییٚلہِ آسِ ہا گوٚمُت تنہا
أتھی اندر سوٗز ہَم میہٕ 'بجلی گاہ'
گلی دوٚپھن کن کھڑا سپدی، توباہ!
آنگنن دوٚپ: ''بہٕ چھُس تہٕ خود آگاہ''
دوٚپ دوٚسو''اَکھ چھہِ أسی تہٕ بیٚیہٕ کانژھاہ
کنہِ پھلو دوٚپ: ''یہِ حال' أسی زرٕ واہ!''
کترِ پھٔلی: ''نارٕ تِھ سپدی صدہا''
دوٚپ مکانن: ''بہٕ گوس نوٚن، ہاہا!''
گیوٚ ونہٕ ؤٹی لَوسہ 'خوش گوٚن' واہ واہ!
سوچھ کریا تھَم، یہِ گُس کرہم ......بابا؟
کھوٚتھ سہٕ ژندرم نہ ٔلی کہِ ماہ درماہ
ۂژی پٔنی چھُس ژٹاں بہ عألی جاہ
ڈوٚلی سوزُن تہٕ اوٚری سِن، لالا!

۱۲۷کتوبر، ۱۹۸۵ء

# ہاپُت

دُعا

چھُ بار خُدایا

بوٚار گوٚژھنہٕ میہٕ کھیوٚن

○

وُچھُن نہٕ کانسہِ

وُنیگتام پاس

نگھہٕ یُس آس

ٲکھنۍ تہِ زلیخا

ترأوِن نہٕ سیوٚد

مصر لایق

ٲکھنۍ تہِ قیس

تھوٚوُن نہٕ نجدٕ وَن

کھسُن لایق

ییٚمِس یہِ یار سپُد

کارتَس اُسُن لایق

یہِ ہَن تہِ بوز

زِکرٕ مژ چھیہٕ ہاپتِن یارٕز

○

کرِنۍ یہِ بأش رُمن

گاش نیاوِسمسارس

ہیٚنۍ یہِ کأم وَندَن

سۆرمازِ دربارس

سیٚنۍ یہِ مأنزِ نمن

وَن کمن نمو سوغات

وَسیٚنۍ شہر یہِ

وۄتھبس پاسباں جَنگل ءِتی

کھسیٚنۍ یہِ گام

لۄشلی وان کھالہِ بامن تام

○

أچھن أچھن شۄر پان

جَتھ أہنز چھیہٚ

ماۄگ راتھ

دُعا

چھُ بار خُدایا

بۄو ارگۆ ژھنہٕ میہٕ کھیوٚن!

۱۹ جنوری، ۱۹۷۷ء

# کاشِر ٹریجڈی

وٕلتھ بچارس پوس
سہٕ ژوٚنٹھ کُل یُس اوس
سہٕ اوس لُکہٕ ہُند دوس
سہٕ لالہِ ہُند نامٗوس
دیوانہٕ سُند مَس کھوس
وَنا بہٕ پتہٕ کیاہ گوس ؟
ہٕرتھ پیٚیس گوڑ لوس
یٚتین نہٕ کھوڑ کیوٚم اوس
سوہری ژوٚٹُس اَدٕ بوس
وَنے نہٕ پتہٕ کیاہ گوس
وٕنتھ وہ تھسم ہٕلی توس
سہٕ تان گتھ/گس کیٚت اوس!

۲۵ اکتوبر ۱۹۹۵ء

# مازِ وأچھ

زین المملوٗ ک

چھُ پٔنس دربارس منز

سفید أچھو۔کنۍ وۄزُل خوٗن ہاران

زِ

میون ٹوٹھ نیچو، راج المملوٗ ک

یُس بکاولی ہُند پوش

میانیے موکھہٕ اننہٕ درامُت چھُ

آسہِ چھالن تہٕ بالَن لگِتھ

رَہ مسائفیرن ہندِس عالمس منز

مُژِ ہلی ساعت

گنڈ بن پیٹھ گذاران

مگر

ماجہِ گۄبُر، راج المملوٗ ک

سون بوے چھُ (محض پٔننہِ موکھہٕ)

دِلبر بیسُوا ہَس نِشہِ

بازتراوان، ہاران

تہٕ دِلبرِ ہُند قدی بنان

○

بیا کھ غش یِتھ چھُ

زین المُلوٗک

(تاج المُلوٗک نہِ غاٲر حاضری منز)

تاجُ المُلوٗکس میٖژ بُزان

تہٕ فوٗضی یَتھ پران

زِسٕے دراو میون اصلی دُشمن

نَتہٕ میہٕ وارٕ کارٕ

أچھ گاش اوس

○

ماأج چھیہٕ

أچھو دوٗر

تاجُ المُلوٗکس

(دمہٕ دمہٕ / دامہٕ دامہٕ) شیرٕ چاوان

۲۳ ستمبر، ۱۹۹۳ء

راجُ المُلوٗک چھُ میون خیاٲلی کردار۔ باقٕے کردار چھِ گُل بکاولی ہِندِ قصکی۔

# پام

گنہِ دۄپ: ''مو کھتہٕ زَن نہٕ چھَس
سۄ درٕژٕ رِکس تہٕ وأژِس''

دۄ پمَس: ''وُچھتھے کیٚنہہ ؟''

دۄ پُن: وُچھٕ ہا کیا ، ناپِنا اُسِتھ؟''

دۄ پمَس: '' بوزتھے کیٚنہہ؟''

دۄ پُن: ''بوزٕ ہا کیاہ زَر اُسِتھ؟''

دۄ پمَس: '' لوٚبتھے کیٚنہہ؟''

دۄ پُن: ''زٕہد چھُ یِی زِ
نفس دِتُھم کانٹہٕ''

دۄ پمَس: ''سریٚہہ توٚ ریَے کیٚنہہ؟''

دۄ پُن: ''چأنی پأٹھی چھَس نہٕ میٚژ
زِگٕلی گٕلی گرٕشھہٕ''

۱۱۲ اکتوبر ۱۹۸۹ء

# راتھ کیٛتھ

دِژھ گوڈٕ پھأسی افتابس تہٕ موٗرکھ
پھُڈؔ اٰوِکھ، زوٗنہٕ اَڈ اَسمان کھوٗرکھ
دوٚپکھ پتہٕ تارکن...... اِستادٕ روٗزِو !
تھٲکِو ما، اَنہِ گٹیک کیٛنہہ ساز بوٗزِو
حُکُم گوو، راٗژکرٕ بڈٕ زٕٹھ زامن
ہِشی گَتھ گیہِ گٲرِتھ شہرٕن تہٕ گامن
دُہک سوٗرے رخت بدلوو بالَو
ہٕنگل گٹھ ہوٗنی کھیٚو تَے ہوٗن شالَو
یہِ ڈٕیشِتھ کھوٚت شرارت راتہٕ موگلس
مجسّم نارٕ تِتھ گو تَے دٕزِس وَس
پٲہری کھٔنڈی ہٲرا کھ شیٖرٕ پس دہانس
بٲرٕن ، شُنی یا دپان گو کارخانس
سو لیلاۓ اٰس کیا ننہِ وانہٕ دراٚمژ !
گٲٹِس پاسس یہَے سونہٕ سُندکراں کھٕژ
سحرپھوٚل نا، میہٕ واراہ اوس ڈیشُن
مکانک ٹینہٕ پَتش اوُسس نبرگُن

# افسوٗس

گرِن

چاۓنس تِمس بأیس مغفرت

ییمی وُمبرِ وُمبران پٔژن موٗ رشوٗرنہٕ

تہٕ چاۓنی پوٗتی کھیٚجی ہیٚرِژن پٔژنن پکھن تل تِتھے کنٕز

یتھہٕ کنٕز کانہہ خُصی کوٗرُ

گرِن

چاۓنس تِمس بأیس مغفرت

ییمس مٔنزی مٔنزی ڈُنڈاوُکے طرف گرِژھان اُس

تہٕ اِداوسے

دانبس توٗملس، مکایہِ مُتھس گُربن گُپنن، شُربن بأژن

گُلبن گٔٹبن تہٕ لنٕگن لنجن خبر ہوان

گرِن

چاۓنس تِمس بأیس مغفرت

یُس ژیہٕ وِزِ وِزِ یاد پیٚیی

تہٕ میہٕ گوٗ کالُک بتہٕ مُشتھ

۱۹ اگست ۱۹۹۳ء

مرحوٗم عبد الاحد وانی ساکن کوت (ویجہ بیور) سِندِس یادس منز یُس ۱۶ اگست ۱۹۹۳ء اکہِ ناگہانی حادِثک شِکار گو۔ مخاطب چھُ غلام نبی وانی، مرحوٗم سُند بوے۔

# جرح تہٕ جواب

راوِنہٕ

تِمس کہیں تہِ

سہٕ چھُنا ہمیشہِ بہار

پتھ گو

ژ تہٕ بہٕ

یادٕ پھُن ، نتہٕ کھوٗر

تہٕ ٲپھُن

کوتاہ خوشگوار تہٕ پژیہِ وُن چھُ

تہٕ کھوٗر

ناگوار تہٕ ہٲبتناک

گلہٕ دۄپ ٲتی نِے :

''تیٖلہِ کیا زِ چھُو میہ

زِنی ژٔ نہِ کراں؟''

شُشترٕس پھوہر واو دِتھ

پھوٗر میہٕ گِہ تامتھ :

''ٲسی چھِنا حض اشرف المخلوٗقات !''

# سکرینس پتھ

ئژ کاٹی

رۆٹس بہٕ پننہِ قمیضہِ

تہٕ کۆرنس کارنز

''پتاہ چھیہِ زِ چانہِ باپتھ

کأژاہ ٹیبہٕ آیم ییتھ نوزُک بدنس

تہٕ ژیہٕ نہٕ میانہِ باپتھ اکھ تہِ!''

میہٕ زِ: ''مگر کوٹ تہِ چھُ

سینہٕ چاک، کنہٕ نہٕ؟''

تام گیہِ صدری حأضر

اوٚہُند ژھیچھے یوت ڈیشتھ ژایہِ میہٕ زنگن نٹھ نٹھ

تہٕ دُپہر ہے ہیتی نم دُہلی تار کھ بوزنہ ہنی

خوش قسمتی زِ پٔنٕنی دستارن وٕنی نم گٔنی شیچھ

توٚے تہٕ کوٚرُم سکرینس گن بُتھ

ناظرین رٕٹم برونٹھ گُن تہٕ صدری ہیٚژم پتھ گُن

تہٕ گژھن واجینی آکوأرڈ پزیشن گٔرم اَوایڈ

۲۵ جون ۱۹۹۲ء

1. corner,2. screen,3.awkward position,4. avoid.

# اَڈٕ لیٚچ باوتھ

زہرٕ بوٚ رُت ہوا

چھُنکھٕ گرٲئ گرٲئ نژان

عشقہٕ پیچان اَے

رَزَن پان کھالن تہٕ گٲہ

گولاب تھٔر اَے

پٔنٕنی اَولاد

کھونہِ للہٕ وَن تہٕ گٲہ

ژٔندُن اَے

ژٔندَن دار مُشکاوِ تہٕ گٲہ

وِیرِ واراَے

وَتہٕ گتن ہَن ہَن شیٚہلاوَن تہٕ گٲہ

شمشاد اَے

شمشأدی کاڈ کَڈَن تہٕ گٲہ

سرٕوُگلی اَے

سرٕو قد مولہٕ ناوَن تہٕ گٲہ

اکہ گربن ہنز گتھ

چھیہٕ وَکھرٕ

یوٗت یڑھن توٗت لدٕن لاپنھ

روٗدٕ پشچ

تاپہٕ پھُہرٕ گئ

باوِہے ییٚہٕ تہٕ خبر کیا کیا

پوٗز

میہٕ اٗس نہٕ بوزنس سُنب فرصت

تہٕ دراس

۳۰ جُلے ۱۹۸۸ء

# أکی ہیے سطرنجہِ پٹھ

بہٕ اوٗسس پنٕس کوترس کیٚت

پھَل ہیٚنہٕ درامُت

أتھی اندر پیٖیم نظر

بازراوس کتیٚگ تاں

مسالہٕ سوداگروأ تتھ پیٚوٗ مُت

روٗنگ، سبزٲلہٕ ، بٔڈٲلہٕ ، مرٕژ ، دارچیٖنی ، تہٕ بأدی یانہٕ

اوٗسس أکی ہیے سطرنجہِ پٹھ ؤہرأ وِتھ

روٗنگ أسی

سبزٲلن تھٔلہِ تھٔلہِ ؤ چھان

تہٕ بٔڈٲلہٕ آسہٕ پَتھ کھورِ گرٕ ژھتھ اوٗش ہاران

بأدی یانہٕ اوٗس

سبزٲلن تہٕ روٗنگن

ہُند جُرتھ ؤچھِتھ ترٕہران

دارچیٖنی أس وِسان

''دار چھُم تہٕ میٚے نِش پیٚگھ واتُن''

مرٕژ ٹیٚٹھیو ویوٗت

زِمےٚ پیٚوٗ وکاراڈلیٚوٗ کُے تراوُن گرٕیُن تہٕ نابدٕژھارُن

۳۰ اکتوبر ۱۹۸۸ء

# کماٲلنٛ بوٗنۍ

نیرِ گس کیاہ زٕٹتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
ترأونس کیا ژٕٹتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
نَے دغاٲیی...... نہ زا ّنہِ بدخوٗیی
ییٚہیہِ کیا زن کھٕٹِتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
پرٛ بتھ کمالس زوال چھُن وُچھمُت
پرٛ بتھ زوالس ڈٕٹتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
تاپھ کیا گریشمہٕ ژٕنڈلگن حاجت
سایہِ پانس وٕٹتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
چھُن تہٕ بےانتہا شُہُل ترومُت
سرٛ کہِ پٹھ وونۍ گٕٹِتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
ذٕرٕ یہِ ہَن اِشتہار بأزی ہنز
چھے تہٕ دراہٕ پھٕٹِتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ
آے پوشس تہِ کأتہس کالس!
نیرِ باکھاہ ژھٕٹِتھ کماٲلنٛ بوٗنۍ

۱۸ جنوری، ۱۹۹۶ء

یِمہ نظمہِ ہنز معنویت گژھہِ (زیاد پہن) تسٕ واضح یُس اَتھ بونہِ کنبل وَن بَس اَڈٕس پٹھ وُچھہِ۔

# پرٛ زنتھ

میہٕ دۄپُس : ''ژٕ چھُکھ ہوٗن''

لچہِ واو کوٚرُن تہٕ وۄنُن : ''درہس چہ شک !''

میہٕ دۄپُس : ''ژٕ چھُکھ یَس وَتَس ستاوان

تہٕ چھُہکھ کھراں''

اَتہِ پیوس ٹھُلہِ پھوٚ تِس پیٹھ اتھہٕ

أچھ گٔیَس سُرخ

کھارِ گج ہیوٗ اُس گوس وۄتھ

کھونکھنٕکی خاص زِ دَند گٔیَس

دُطرفانہٕ ژٕنٛز تہٕ سیوٚ دُرے آم ژۄپس

میہٕ زِ

''دَر......دِر......دُر......درزرز......

بتہٕ میہٕ--- میٔٹ

چھ پچھُ سے نا تراوان ؟''

شُکُر زِ ''بتہٕ میٔٹ' پیٚیس فوٗری یاد

رَحمس پیٹھ آو، مگر زمین تچھان تچھان وۄنُن

''ہاز ژلن ہنز گتھ اُزِنہٕ بوزان

وارِ بوز، لُکھ چھہِ یژھان زِبہ

گوٚ ژھسَے نہٕ ژیہٕ مأ لِکس

زُوَس جانس تہٕ رأچھ کرُن''

یہِ بوٗزِتھ گیہِ میہٕ

بشاشت تہٕ ئیٚری ضمادَے ووٗنمس :

''اِدِ تی گٔری زِ ہے''

اتھ دوٗپُن : ''میہٕ تہِ چھُ پَنُن أیین ، پنُنی اصوٗل

بہٕ تہِ زانہٕ وفادأری

اَتھ اندر اَے پَس ہمتی ہاوِتیٚلہِ

گوس بہٕ 'گٔب '

تہٕ گٔب زن چھنہٕ نجس

توتہِ چھنہٕ میہٕ گٔب بنُن

پسَند''

۳ جون ۱۹۹۲ء

# شہادت

تنہائی

ہِندِس بازرس منز

سینوس، سینوس، سینوس تہٕ سینوس

بہٕ پانس

تہٕ گرشٕھنی ہیرٕ نَم

مِتِس رہتہٕ کالس

ماگہٕ ماٛچ گرائے

ئری پیٹھی گوم

تہٕ چھائری مہِ آسمانہٕ دِتم

بارو

لُکھ پیٚیہِ وأتِتھ

پرٛ ژھھم حال تہٕ کوٚرہَس

بوٚد......

أ۔ کم اگست، ۱۹۹۸ء

# کسبک معنی

کھش گرِھتھ کٔٹن وۄنس:

''بابا! ژیہٕ کیتھا چھے میہٕ بستہٕ والنس

وۄندٕ یوان؟''

پٔج دۄ پُس: ''یہٕ نا چھسے بوے ووے کیٚنہہ تہٕ

فرق گر، یہٕ دۄنی زنگن پپٹھ کھڑا

تہٕ ژٕ نہ ووٚنی ژون تہٕ

میہٕ اتھہٕ تہٕ گتھہٕ ژیہٕ اتھن تہٕ پستی''

کٔٹن دۄ پُس: ''تی سہی، مگر میہٕ بستہٕ والنس

وۄندٕ کیتھا چھے یوان؟''

پٔج دۄ پُس: ''یہٕ کار کیاسا چھے میہٕ کرٕ ناوان

شرٛاکھ تہٕ صرف شرٛاکھ''

کٔٹن تھاوکھوٕر اُچھ ٹوٗی تھے تہٕ

دِچھنٕ اچھ مُڑراوِتھ وۄننس:

''خوجا! تراکہِ پتہٕ کنہِ ہا چھے اتھہٕ

اَتھس پَتہٕ کنہِ تہٕ کھتا متھ

یُس نہٕ میہٕ پتھر پتھ باتہِ چھُ یوان''

۱۳ اگست ۱۹۹۸ء

# رَندِ

("کینہہ شرا کہِ پچُ کا نہہ رَندِ، خُدا وَندِ اَلا ہی"...... راضی)

---------کوتاہ دراو گندِ

دَپیامَس: "زمین دِوا تھ"

دۆ پُن: "امہِ باپتھ گوفال"

دپیامس: "کپُر دِ کپٹاوِتھ"

دۆ پُن: "امہِ باپتھ گیہِ دُکاَر"

دپیامس: "گاسہِ دِلوٚنتھ"

دۆ پُن: "امہِ باپتھ گو دروت"

دَپیامس: "زیوٚن دِ پھالوِتھ"

دۆ پُن: "امہِ باپتھ گیہِ مکرٕ"

میہٕ گوٚنڈُن اَلاو

لکرزٕ جمس تہٕ

گرِ مَس کیا شرا کہِ پچُ

۲۴ جنوری، ۲۰۰۰ء

# یَتھ شہرس منز

یِیمہِ شہرٕ کۍ رنگ گوناگوٗن
یِیتہِ گٔڈ تارکھ، پھُٹمژ زوٗن
پھُنٛز پھوکھ گوٗمُت افتابس
اسہِ نہ نیٖنٛدرٕ مٔتی کتھ خابس
پرٛتھ کانہہ گُل پننۍ قدی
ووتھ وُچھ گُس ، کتھہ کُنٛ بسمکھی
داد بوٗزلۍ مٔتی ستھ سمسار
سو کھرٲ وِتھ ہرموکھ بردار
گبہِ کیا گٔتھ ترٛودِ ہے ارمان
یِیتہِ کوکرن زٕ ے گزٕ اسمان
ہرٕ بارٕ ے شِشترٕ وٲلس
ہٕج گردن کوہہٕ تیٖنتاٲلس
کھوٗتی باوان تاپکۍ اسرار
گوٗتی روٗٹ چٕھم سوٗتی گیہِ رہدار
ہیُر ہوٗ کھٔمُت ناگس ناگس
ریٚہہ اُلجٕمژ باغس باغس

ہے تَم گرٛزٕوٕنی نالہٕ ربا! کنہِ پَل ژھاران تریشہِ گوٗلا
کترٕ اُوتھ درٛستی رٲیل وَن چھِھ ۔ سو چھگاٹمژ زٲیل

کوٚہ سُیا سنہٕ ویتھہِ حالس

جأبر پتہٕ پتہٕ سینٛدِ نالس

ڈَل تہٕ وولر گأمتۍ لاچار

ڈمب تہٕ ہسٔر وٕقتکۍ ہنگ دار

سپنہٕ دِواں ییمۍ ہیکۍ تأرِتھ

تمہِ سُمہِ دیُت پانٕے دأرِتھ

ہیرِ وٕتھۍ ہتۍ ٹینوی آدم

نَے کانہہ جم جم نَے حاتم

آکاشس نچر راوان

سونہٕ ہنزِ گرِ وٕقتس پراران

اَتھ حُکمس اَتھ سرداری

مُلہٕ مالیس لگہٕ ہے پأری

حبس گرِ بیٚنہِ چھُنہٕ کانہہ نادان

أنس زن چھِنہٕ روے ہاوان

پگہ رأضی کتھ کیا دِکھوٕنی

پربتھ، پل، سُم ...... پھہرِ گنۍ

۳۰ جُلئے ۱۹۹۸ء

ا۔ جَم جَم: مشہوٗر افسانوی پادشاہ جمشید یُس پننہِ مَس پیالہٕ منزۍ پیش یِنہٕ وألی حالات تہٕ واقات بوٚنٛٹھے وُچھِتھ اوس ہیکان۔ عام لُکھ چھہِ أمِس 'جم جم' ونان۔

# اَکھ حقیقت پسند

مول چھُ ونان ( آسان ):

''کیاہ زمانہ اوس

نہ نیلان چینہٕ ، نہ پلاسٹِک بوٗٹ

تہٕ اَدلہٕ بدٕل گژھنگ

اوسنہٕ سوالے پاٚدٕ گژھان''

بہٕ چھُس تہٕ خاطرٕ تہٕ چھُس رچھان

تہٕ اظہارِ ناراضگی تہٕ

چھُس کران ( کانٛسہِ ماژھُن اڑٕ پھوٗل گُل کالیس تَل )

اَتھ موقس پیٹھ اَگَر ے

میٚہ کانہہ اَتھہِ روٗٹ کران چھُ

تہٕ بابہٕ جنتی سنٛز گتھ :

''سانہِ وقتہٕ ہبا آسہٕ 'اموب'

کھراوٕ تہٕ پُلہٕارٕ

ادلہِ بدل گژھان''

۲ فروری ۱۹۹۴ء

# بے قدری

ہے شاہِ جہاں

ابنِ جہاں گیر

چانہٕ یزٕتچ درٕ ے

اگر اَے چون پونژٕ پونسیٖن

کہیں چھُ لَوان

اکہِ پونٕسچ چھنہٕ کتھے

ہہ ُ چھوا وُچھان

روپیہِ چھوٕ فری یاَ دی آمٕژ

اِلتجا چھُکھ :

یئیلہِ نہٕ فرٕد کہیں لوِ

قوم تہٕ کیا لوِ ؟''

۱۷ فروری ۱۹۹۹ء

# پرتوٕ خم

کرٕت کرٕت تہٕ

کھٕژ سو پننِس پھوٚتِس

یہِ وُچھنَے زِاَتہِ ماچھِم وو پرٛٹھوٚل

برابر

اَ کوٗ ہہ دۄ ہی او سُس 'پوٗ'

ٹھوٚل کٔڈِن سأری

اَکھ تِہ نہٕ گانڈ

بَس تہٕ لأگن رٔچھنٕ

ڈٕمبی دود تہٕ انیوٗ

دوہ کھٔنڈ اَسِس

پَتے خوشکس پٹھے

اٰخر تہٕ وٕتھی تم آبس

تہٕ یہِ کھٕژ خوشکس

نارٕچ بٔطخ موج

اوٚلاد اُسِتھ تہِ دَربدَر

۱۲ جون ۱۹۹۲ء

# خَنڊ

سہُ وق اوس ییٚلہِ زَن بساں اوس روٗد
ڈوٗ کھاہ اوس پَتھ کُن لساں اوس روٗد
کھساں اوس ہیوٚ رُگن رِگنداں تےَ گبوٗاں
وساں تاپھ ہتھ بون اساں اوس روٗد
ہہُ شفقت تہٕ عیسیٰؑ، یہِ رحمت تہٕ ہوٗد
دِ واں زِندگی بون وساں اوس روٗد

کُنی گرایہِ پرٕتھ جایہِ گو رفت وبوٗد
سو آیا یہِ گرٕکیاہ وَنَے، درایہِ زوٗد
اڈُبرُ آو تےَ روٗد لوٚب مس نہٕ سوٗد
سو وُزمَل پیٚٹھی گَج سہُ تاپُل تہٕ موٗد

۱۸ ستمبر ۱۹۹۷ء

# وٕنِتھ تھوَے

کانہہ

ژیہٕ ژھاری

یامیہٕ ژھاربم

یم چھِ بس سٲنی گُمان

لَڑھِ

پٹھ ذولَن

یمن سانٮن کِتابن ہِندی

وَرَق

وٲنسہِ

ہَے اِحسان تھاوَکھ

کٲنسہِ ہَے مُروَت کَرَکھ

شاعِرا!

کاغذٕ یمن نَے دِکھ غذا

دبن کیا بَرَکھ

۱۰ اگست ۱۹۸۶ء

# حاٰرانۂ گی

''دون زُوَن کُن'' دۊ پُکھ، ''چھُ آیِستان
اَکھ أ َکِس نِش نفع جُدا نُقصان
راتھ اوسُکھ نہٕ یُن تہٕ یم آیی
اَز وُچھِکھ اکھ أ َکِس پتّے لاران
تیٚمی یہِ وُچھ دۊپ تمی ''یہٕ چھُس حاٰران
گُل تہٕ بُلبُل......یمن ٕ کمیٚک یکسان؟

یہِ نظم چھیہٕ برونٹھے ''وبتھہٕ آگر'' رِسالس منز بےکورٕ عنوانس تحت چھپیمٕژ ۔ وونی آیہِ یہِ ژھوٹراونہٕ۔

# وَژنۂ وُگراے

مےٚ دۆپ جسم وجانس:

''سو چھاہ کیٚنہہ گرِو

ڈٕپوخوٗنۂ قطرن

رگن منز ژٕرِو

حواسن صمد میر

ہیُو وۆمی بٕنو

اَحد زرگرس

لوٗنٹھ دأرِتھ گرٕشِھو''

نہ گوزاہ یہِ ممکِنؔ

نہ میٚیے لیُوٚکھ وَژُن

۲۵اگست ۱۹۸۸ء

# پُرَن

(پھُٹ ٕمتین اَنن دِلس منز جاے گر......راضی)

''یم پھُٹ ٕمتی اَنہٕ

کۆتو' چھُھکھ کھۆوڈ یرن

پُشر اوان؟''

''ہا!''

دۆپمو ہا''پھُٹ ہےَ تہٕ یمن تقصیر کھۆت آ!

تُہی گتھ پٮ۪ٹھ پیرِوں پار کڈیۆکھ!''

''اَلےَ ہا! ترأوِتھ ژٕھنوکھ نہ تہٕ

اَدٕ کہو کروکھ؟''

تم ژٕلی تہٕ میہٚ اَنی سۆمبرِتھ سأری

پتہٕ تھأوِم سنبألِتھ ،رٔژھرأوِتھ

پننِس کمرِ منز

یٚیمہِ آشہِ زِ کأسِب شیشہِ گۆراہ

نِو آیہِ تھُر بکھ

بازرٕ تراوبکھ

۸فروری ۱۹۸۴ء

# کُلۍ تہٕ اٟسۍ

''کُلین تہٕ اسہِ

چھیہٕ واریاہہِ رٕنگۍ فرق''

''آ۔ چھکھ اَے''

''تراو ساٚ کھین خوردنی ہُند مسلہٕ تام اٟتۍ نے

لاے کُلِس ٹنۍ

پنہٕ برٕگ ، مُرِ کٹن ...... کینہہ نتہٕ کینہہ تراوی

(اَتھ برعکس) لاے تہٕ انسانس

ظرِ چھُے کلہٕ ہیٚرے

نٕرے زنگے

کینہہ نتہٕ کینہہ پھٹراوی

گرٕ ژھ کُلِس مکرٕ ہبتھ

مکرٕ ہبتھ ووتھی نہٕ واپس

مگر اِنسانس

اَتہِ گوٚ 'برابر کا مقابلہٕ'

سارینے کھوتہٕ بڈٕ فرق چھیہٕ یہِ زِ

یم چھنہٕ پلَو کڈتھ تہِ ننگہٕ گرٕ ژھان

۱۸ فروری ۱۹۹۹ء

# وَسواس

ٹُجہِ اکہِ

لَٹہِ اکہِ

مائنتھر پَرٔنم

پھِری پھِری ژھُننم مُتی وسواس

اَتھ بالس

بُل ڈوزرلأ گتھ

وُنہِ چھُم ، وُنہِ چھُم

أتی وَسواس

۹ فروری ۱۹۹۹ء

# ڈیڈی جان

زٕ ے گرِ ہبڑم مٲلی

اَمہِ بازرٕ

دوٗشوَ ے یوٚ دوَ ے پانس رِکژٕ

سرٛ د موٚہنیُو توتہِ بہٕ

پٔژن تہٕ پننہِ اہل وعیالُک

سَرتلہِ ہنزٕ گرٕ

پَتھ لمہٕ وٕنی

سونہٕ ہنزٕ گرٕ

برونہہ نیرَن واجینٛز

سونہٕ ہنزٕ گرِ ہَن دٕ چھنِس لأجم

کھوٗر اَکھ سرتلہِ پُشر ووٗم

(دوٗشوَ ے ہٕژی آبادتہٕ مُرفہٕ حال گرِم)

○

سونہٕ ہنزٕ گرِ پٹھ

دفتر ژایاس

سرتل گرِ واپس آیاس

اَتھ پپٹھ ہَے سنگ سار گر یاہَس
پنی ئر زنگ......اہل وعیال

O

سَر تَل گرِ
وہ نی دفتر نیران
سونہٕ گرِ
چھُس واپس پھیران
شُکرٕ ے
وہ نی چھُس گرِ ئے بأژ
شُر بن ہُند......ڈیڈی جان

۲۹ جلٲے ۱۹۹۸ء

# گَتھ کیاہ گو

اَسمان

چھُ خوٗنی

اوٚبُر

تہِ خوٗنہٕ سُری

خبر سہُ اُدِر ڈٔنجِ......آفتاب

گتھ لیمبہِ ڈبمبس

آسہِ شرَ پیومُت

زِن زمین

یہِ تہِ چھَ اتھہٕ کھوۄ ہرأوِتھ

شِٹھے مۄژ لاش

تُل روٗدٕ چ گتھ

یہِ تہِ چھے نہ وونی سہُ

طراوَتھ بخش شُہُل باران

بلکہِ وۄزُل نار رَتھ

روٗدٕ چ گتھ تُجِ زمینہِ

تہٕ خوٗنچ دِگن وُژھ اسمانہٕ

میہٕ پریُشھ پنٕنس ہَم سایس

''ناحق تہٕ یمہٕ مادار، بیٚہٕ اکہِ لٔتہٕ

فِرعونٔی کانس، گاڈِ شانہٕ؟''☆

''تہٕ چھُمنہٕ پَے

البتہٕ وَنٕے یقینن زِ

لوٗکھ چھِ یہِ دٔپِی زِتہِ ژٕوٗتس پیٚٹھ کھڑا

سہٕ ُتہِ اوس وقتاہ

زِروٗد چھِنہٕ اٚسی نہٕ بنی آدم

نٔنی نیران مگر

خوٗن چھِنہٕ کیا بنٕبھ از گل''

اٚسی اٚسی یٚمہِ کتھہٕ کران

زِ ٕکنکہٕ ڈاُرک گلالہٕ

اوس چھارِی مہِ اسمانہٕ بارَ رودِوان:

''ہتا گٔنہِ کانہہ چھُونو

یوٗسفس ہو چھِ وورِ بأے

بارٕ گنڈ ہو پیٚٹھی پکہٕ ناوان''

۱۳ مے ۱۹۹۲ء

☆ یہِ خیال چھُ (شاید) اختر محی الدین صأبن امیٚہِ انداز أکِس افسانس منز پیش کوٚرمُت۔

# یگ رنگی ہِندِ سایہِ نبر

میانہِ خوشکی کوٚر بیا کھ سوال:

''ربّا!

چائنس کاینالس منز چھا

کشمیر تہٕ سویزرلینڈٕ ے یوت،

سیکہِ ہُند ناواہ نِشاناہ چھُنا کُنی؟

اٰخر

افریقاہکی صحراے اعظم تہٕ کالاہاری

تیٚے گرٕھن آسٕنی

علاوٕ ہے جنوٗبی قطبن تہٕ سایبیریاہن

ہنز تہٕ ضروٗرت چھیہٕ!''

وٕٹھن پیٹھ کھوٚت

زِ

وُزملو تہٕ گگرایو مِلہٕ نوو

ترٹہٕ بزُن

تہٕ نِداگو:

''بنی اِسرائیلو! وٗسوماٗدان

ژُوِو

رُہُن، پران، ووستۍ ہاکھ

موختصر

یہِ خوش گرٛھوٚتہٕ تہٕ

تہٕ سہٕ فضیلتہٕ بۆ رُت دسترخان

یُس والان أسی کھوٚرُکھ

تو'ری واپس

أسی أسی زِ

سامری سٕندِس نقلی ؤ ژھس اسی

معبوٗد ونان

۱۵ اکتوبر ۱۹۹۱ء

ا۔ سامری: سامری اوس حضرتِ موسیٰ سٕندِ وقتُک اَکھ بوٚڈ بارٕ جادوگر۔ ییٚلہِ حضرتِ موسیٰؑ کوہِ طوٗرس پؠٹھ اللہ تعلیٰ سٕندِ حکمہٕ (توریت رٹنہِ) روانہٕ سپد، تِہنزِ غارحاضری منز ڈُچھ اکہِ دوہہٕ سامری ین حضرتِ جبرئیل امینؑ پکان۔ یێتھن یێتھن أمی سُند قدم پیوان اوس تتھن تتھن اُس نیچ ووتلتھ یوان۔ سامری یَس ووٚتھ شیطأنی خیال۔ نقشِ قدمٕچ میژٕ ژُجن، دھاتن ہُند اکھ نقلی ؤژھ بنووُن تہٕ یہِ ہے میژ بُرنس منز۔ ؤژھی ہیٚژ آواز کڈٕنی۔ سامری ین دوٚپ بنی اسرائیلن زِ یوٚہے چھُ تُہُند معبود۔ تِم بیعقلیہ تہٕ گرٛہَس پوٚزا۔ مگر أخرس بنیٚوو یوٚہے تہِندِ ہلاکتُک سبب۔

# غاٗر ذِمہٕ داری

گند چھیہٕ

سَخ گند چھیہٕ

معزز شہری چھِ زِژھوڑٕ انبر

تروانک چھُکھ چسکہٕ ژامُت

مُشکس روٗزنہٕ منگ

اَوَے تہٕ پیٚہٕ عطارن وان بڈٕاونی

عادتھ ہکہٕ ہوٗمُشر اٗوِتھ

مگر عشقہٕ نار ہکَو نہٕ ژھوٚر اٗوِتھ

○

افسوٗس چھُ

زمانہٕ بدلی دراونہٕ کانہہ ترٚ

نتہٕ گوٚ ژھا

ہونبن مُشکُک احساس سورُن

گاٗنٹن اٗچھ گاش سوٗتُن

گربدن ناٹہٕ پھلیٚک ماٗلے راوُن

دِوکاوَن ژھوٹھ دوٚنژھہٕ رأوِتھ

روٗزی لبنگ وبستارٕ ے برباد گرٛھن

پتھ روٗزاسہٕ نِش

مستس کنگے گرِتھ ہأر

مگر

پننہِ قضاہٕ موٗدمُت جانوٗر وَرتاوٗن ما آو

أہندِ دٔسی

۱۳ اگست ۱۹۹۸ء

# سفید ٹھوٗر

اَز اُس سو ناز نخرٕ مشتھ

ڈریوٗر شیشس مدٕ مقابلہٕ وو کھہٕ ہنہٕ آمژ

دوہدِ شُک کھلہٕ فضا کیا زِ تژ کریوم اوس نہٕ تس فکرِ تران

کیا دیوار، کیا مکانہٕ، کیا بال، تہٕ تھدَم تھٕدی کُلی

یِم اَسی تمہِ کِہی یاوٕ چھمتی

تہٕ بُتھہِ پیٹھ وَتھ بدلاوٕمژ تہٕ تارس تٕرمژ

مگر یہِ ٹھوٗر اوس تِہندِ وہمہٕ گُمانہٕ نبر

آز آدی ہندِ مارمتہٕ اُس سو

چھور چھور کران، پتھ ژلان تہٕ نوٗسرٕ وُڑوکران

مگر پرٕ بتھ وِ زِدرہ پھ گرِتھ شیشس لاینہٕ یوان

پرٕ بتھ وِ زِ اُس سو پننہِ زِپرٕژ وٲلی وٲلی

سفید ٹھرٕی کھڑاکرَن والبن ووہہٕ وٲرکران

سوچان اُس، را یہ گنہِ کُس بُتھ کُس جواب دِمہٕ

تِکیا زِ تتھ سماجس منز چھُ سائنس سماجس برعکس

نہ کرن والبن فردَن

پننہِ جانِ عزیز نشہِ اتھہٕ چھلُن پوان

۳۰ جلٲے، ۱۹۹۸ء

# آگاہی

کوچہ پَتھ کوچہ

سون امن مارچ روزِ ہے جأری

مگر یتھے أسی شُر بوٗ چھ

تموٚ گری بریڈی تہٕ ژٕلی پنٕنہٕ پنٕنہٕ گرٕن ..

تہٕ پیٹھی گٹھی توٚ پرِتھ

اسہِ ہیٚرٕ پانس سام باسیوٚ و

نہ أسی مُشران تہٕ نہ وَن موٚ ہنوی

کوچہ پَتھ کوچہ سون امن مارچ روزِ ہے جأری

دَپھ ژٕوپأری چھ ہوٚنی ؤنگرایہٕ ستی سون اِستقبال سپدان

اسہِ ہیوٚت (بٔنیہ تہٕ) پنہٕ بٔنیہ پانے مشک

باسیوٚ و

نہ أسی پنٕزی واندر، شال یا بٔنیہ کانہہ بلاے

مگر وَتہٕ روٗٹ سپدٕ تہٕ یرادٕ گوتَرک

ووٚنی اَے

سون امن مارچ جأری روزِ ہے تہٕ کبتھہٕ

۱۳ نومبر ۱۹۸۹ء

○

# انگ تہٕ منگ

۱۹۸۸ ء یک پادرٕ سہہ

اوس گرٕ زان گرٕ زان

سۆ درٕ بل تہِ ووتمت

میأنی کارخانن

اوس پُنٕن خود دار کلہٕ تھۆ دتُلمُت

میانہن ششترٕ ژہن

تہِ اوس انگ آمُت

تہٕ یہِ اُستھ تہِ بہٕ

ٲسی بیقرار تہٕ مُضطرِب

○

کارخانس منزٕ اَژٕ وُنے

باسیوم ششترٕ پھٹنس آمُت

کانہہ سلام بند یکھ، کانہہ خاٗر پاٹھ

یا گنہِ دُشمنی ہُند باس دِنہٕ ورأیی

ؤتھی تن یہِ برٕ ژھن پٹھ

تہٕ اَسہِ اَکِس اَکھ یہِ دٲپی زِتہِ

چُھم ژۂھنہٕ مٔژ

○

سرتاژ ژپوٗستی

ژامہٕ نبتہٕ مومِنس پنجرس منز
(سُے) وُڈالی قمیٖر

یُتھ کوٚ رُم مژھہٕ زورزِ
شُشتٕر اوٗنم زیرِ تیغ

اٚمی دِتی بارٕو
چھاٚرِ مہٕ اسمانہٕ

چھپٕن جاے
ژھارن واٚلی لٔکھ

آیہٕ کوہہٕ تینتالو پیٹھہٕ وٗستھ
وُچھنہٕ زِیہٕ کوسہٕ

نٔو قیامتھاہ گیہٕ آفرید
فِکرِ توٚ رُکھ

ہیٚیہٕ سُے رُستُم
سُے گورزہٕ تہٕ

سُے ماژندرانؔ[1]

۱۶ اکتوبر ۱۹۸۸ء

۱۔ اشارٕ چھُ ۲۶ ستمبر ۱۹۸۸ء کِس سہلابس کُن۔

# قرنہٕ پھیُر

پتہٕ کوٚ رُکھ (نحقہٕ پحقہٕ) اسہِ

بندٕ ے خُدا ین

لأٹھی چارج

میہٚ تہِ کھیٚیہِ چھگ ...... موٗدی ہا! موٗدی ہا!

تہٕ بے خبری منزٕ أسم

اَکھ بوٗٹہٕ کھورنیٚر تھ ژٕلِتھ

کھورس پوشہِ کاٹھ سیٚد یمٕ

زٕولرٕز ترأو میہٚ تہٕ پٕننی ٹاٹھ

بستی

تہٕ پیٚیم ناگہٕ نیٚندٕر

تتھی گو پھہِ منز

خبر کُرٕ ن ہَتَن ؤ ری ین

بیدار کیا گوس

میہٚ دوٗپ کالہٕ شوٗنگُس تہٕ صُبس وٕ ؤتھُس

مطمین گوس 'تمنے' جامن منز

ژاٹہٕ شُر بن سبق پرناوہٕ

مگر نہ میہٚ تمے ویٚدی

تہٕ نہٕ بہٕ تِمنٕے
بہٕ حارِتس منز بوٚڈِتھ
گرٕھنہٕ گرٕھی تھٔے راوان تہٕ پرِ ژھان
''تلا اَتھہٕ ٹُل تھوٚد، 'اصحاب' چھا
وأحِد رِکنہٕ جمع ؟
تلا بیٚیہٕ وَنتہٕ 'کہف' لفظس کیا معنی چھُ وٕاتان؟''
تہٕ تِم میہٕ تورٕ، اَتھہ بدل
وحشی کھنگالوٕ ستی اِستِقبال کران
تہٕ مزٕ ہیٚیے ہیٚیے پرِ ژھان:
''ماشٹر جی! اسہٕ وُنی توٚ خبراہ
توہہِ کمہٕ زنمک نالی لِباس؟''

۱۹ ستمبر ۱۹۸۵ء

پوٚت منظر: ۵ ستمبر ۱۹۸۵ء کہٕ دوہہٕ کوٚر روادی ہندو خاص اَولادَو، وہستادَو کُم تنخاہ آسنہٕ موکھہٕ نمأیشہٕ منز احتجاج ۔ یہٕ اوس سُہ دوہ ییلہِ چیف منسٹر غلام محمد شاہ صأبس حج بیت ال اللہ کٔرِتھ واپس یُن اوس ۔ ماشٹرٕ وَکری تقریر ۔ اَتھی منز گوٚ ژیرٕ ۔ دِگرٕس بأگی آیہ نمأیشی ہندی دوشوٕے درواز بند کرنہٕ تہٕ ماشٹرن آیہ پٔتھٕے ڈَنڈٕ والنہٕ ۔ پان بچاونہٕ خأطرٕ ژٕلی تقریباً سأری ۔ بہٕ تہٕ اوسُس ژٕلن والین منز ۔ اَکِس جایہِ پیوٚ و جنگلہٕ پیٚٹھی کھسُن ۔ میہٕ ییلہِ کھُستھ ووٚتھ دِژ، میہٕ ژوٚل ڈچھن بوٚٹہٕ کھور نیٖرِتھ تہٕ سِیدٕ یِیم تلہٕ پٔڈس پوشہِ کاتھ ۔ پتہٕ ییلہِ لأٹھی چارج بند گو، میہٕ ڈُچھ تلہٕ پٔڈس رَتھ وَسان ۔ اَخر ژھور میہٕ بوٚٹہٕ کھوریُس میہٕ لوٚب ۔ واریہس کالس گوس کھور للہٕ ناوان تِتھے پأٹھی سکوٗل ۔ حال آں کہِ میہٕ اوس اَٹھ نوٚ کلومیٹر سفر آوَن جاوَن کَڈُن آسان ۔ یوٚہے پوٚت منظر چھُ 'تنخاہ چھہ کم' نظمہِ تہٕ یوسہٕ ڈیپھ شابش کتابہِ منز چھپیٚمٕژ چھیہٕ ۔

# یہِ سِکہٕ

۱۹۴۳ ءٕ کِس

یَتھ دَردَس سِکَس چھُ

اکھ پاس ہی مال

تہٕ بیاکھ نأگ راے

تہٕ ووٚنی چھُ اکہِ وانہٕ وٕستھ

تہٕ بیٚیہِ وانہٕ کھٕسِتھ پشلیومُت

ظأہر چھُس تہٕ

کانہہ دُشمن تہِ چھُنہٕ

گلٕتھ وٕنتھ ہربکان

تہٕ بأطِن پوٚشیدٕ آسنہٕ کِس بناہس پیٹھ

چھُنہٕ کانہہ دوس سون تہِ ونان

O

ہی مال نأگ راے روزن یہِ ڈٕلِی زِتہِ

اکھأ کِس جُچھی ژٕھنتھ

یوٚ تامتھ نہ

ہٕنأگ راے ہیمالہِ ذات ہاوِ

۲۶ اکتوبر ۱۹۸۶ء

# پاٹری زان

سۂ

اوس تہٕ نبٕر ل تہٕ عجب ذات

دراو تہٕ

لُکہٕ لچھاہ دراس پتہٕ پتہٕ

''اٹھی ہو! اٹھی ہو!'' کران

تہٕ پُٹن پُٹن ناو تھاوان

اکی دۄپ چھُ ''گُل''

اوٚت تام گیو وٹھکھے

مگر

مشکِل گو تمہٕ ساتہٕ

ییٚلہِ بی اکی وَنہِ کۄڈتہٕ دۄپنس:

''پھربس''

بی ''بُہُرٕ''

بی ''کِکُر''

تہٕ باقیو خبر کیا کیا

بیا کھاہ دۄتھ زنتہٕ اسمانہٕ

تہٕ دۄنس: ''چاروٕے''

تہٕ دأنی رأوِکھ

چاروائن ہندی ساسہٕ بٔدی قسم

یٔوت زِ جنگلی جانورتہٕ ترأوِکھ نہٕ دأنی راونے

بی دوٚپ: ''چھُ بنی آدم''

مگر بنی آدمس تہٕ چھہِ لچھہِ وادٕ ے قسم

مجادلہٕ ووت طیس پیٹھ

تہٕ ووٚنی واتہِ ہے ہٕر پیٹھ

زِ اَکھ افلاطوٗن

اوس یہِ حال وُچھان

تمی دیُتنس آلو

''ہتیا! سوالِ خوداچھے

اَتی نہٕ ٹھہر

تاکہِ ناپینا

ہینَے رَژھہِ رَژھہِ سام

تہٕ لبہٕ نَے نوسرٕ

پننہِ پننہِ مقدوٗرٕ

۱۵دسمبر ۱۹۹۰ء

# مانزٕ کرٕیل جِن

سہٕ اوس تہٕ

105 C یَس منز دَزان

وُزٕ شوٗزٕ رونان تہٕ وُل مُنٛمن کھسان

کالہٕ پٕتٕی توٗ گُم نہٕ

رِکھیں تہِ بوزُن کمہِ بٔتھہِ وَسہٕ

گتھ بالس کھسہٕ

ژھٕنہٕ پٕتھر گوٚمُت شُر......لوو بدن

اَخرتہٕ میٚہ پانس نٕش سوٗم

شوٚنگ کیاسہ گو

پاتالٕ وٕستھ

اَدٕ تر ووٗم پھربکھ

تہٕ ترٕ اٗوٕم لَر

○

بتہٕ دبہٕ، وِزِمی بێیہِ وورُن ہیوٚت:

"ہہٕ چھُ پھوٗت گنیومُت شیطانس

میٚہ دِچێنہِ پھٔلی کھێنہِ موکھہٕ گرٛدھ پانٛس

اٗسی کیا زِٕ ٹِکھ اسمانس منز

اسمان وٕپٚیا زٕ اٗنپانس منز

وولہٕ پگھ ہمراہ اُ کی ہے پھیرس
کھَس جنگل نس ژَٹھ اُ دریس
اَتھ پٹھ میہٕ دِوٗ پُس
''کیا بارو وٗ ے''
بوٗزِتھ سہٕ غضب ناک سپُد
چالاک سپُد
تَے چیٖر میہٕ دیُتنم کانہِ پَشن
کربکھ ووکھہٕ دِژن:
''ہہٕ کیہٕ آوٗ ے ہو!''

○

میٖتہٕ سوٗرہٕ جن تس لوگ پرٗن
پھوکھ دِتی مَس رَتھ تَس کاڈ ہن کھوٚت
''کروٗ ژھوپہٕ ہا باترا وے تھاپر!
دَند کیا چھانے والے کھاہر
تھَو، تھَو، تھَو لاگن بوٚ ڈعایِد
خوش گوسَے چھُکھ خوشکے زاہِد
گوڈٕ وَنتم سوٚ رتھاہ بِسم اللہ
زاہ پانس پوٚ رتھاہ بِسم اللہ
بتہٕ بانس کوٚ رتھاہ بِسم اللہ
اَز دراسَے وُنہِ چھے گوڈٕ معافی
اَزا کھشب یِیتہِ اوسُم کافی

بێیہ ساتہٕ کھمو دوٗشوٚے بوٗزِتھ"
(میہٕ نہٕ پےٚ تہٕ گوٚمُت ماچھس روٗزِتھ)

O

صُبحس ووٗتھ
پتہٕ
تھٕر پھوٚلمُت گُل

"ٹاٹھیا!" دوٗ پنم "اَکھ خاب وُچھُم
پتہٕ لاران اوسے تصرُف دَر
ژٕتہٕ آیہ پران، لیکن واپس
سہٕ کیہٕ پراژٕ کَڈِتھ، دَندہاؤِتھ
اوسُے ختہٕ کران"

۵ دسمبر، ۱۹۸۳ء

پوٚت منظر: اکہِ راتھ ژکوٚ رُن میہٕ معصوٗم اَولادس تکلیف۔ سُبحَن پتہ کھوٚتُس۔ آخرس ووٚم پانس نِش۔ (شاید دِتی مَس پھوکھ جوراہ تہٕ)۔ صُبحس دوٗ پُن: "میہٕ وُچھ بدلے بلایاہ۔ ژٕ اوسکھ آیہٕ کریم پران تہٕ سہٕ اوسُے بریڈی کَڈی کَڈی لاگان۔" بہرحال نظمہِ چھیہٕ اُڈہن بُرتی...... یعنی پننس شرپرس تہٕ ضمیرس چوب۔

# کسب

مسوَل چھیۂ ٔنمڑ پُڑ نِتھ، سوٚنبُل چھُ ختم کوٚ رمُت
گُلشن چھُ ژھوٚ رُے تھوٚ ومُت ، تَے گُل چھُ ختم کوٚ رمُت

سبزار چھِوا کانچھان ؟...... جنگُل چھُ ختم کوٚ رمُت
گُل گُل چھُ ختم کوٚ رمُت، بِل گُل چھُ ختم کوٚ رمُت

آرام نۂ کہیں کوکرس، گربارنۂ کہنٛ لکۂ وَس
ژھاوِج چھیۂ کھیٛمڑ ہونو، ژھاوُل چھُ ختم کوٚ رمُت

نایاب گُمتۍ آدم ......تہِ چھُ آب گوٚمُت خوٚنس
منزِل چھُ دَپان کتہِ چھُکھ؟ منزُل چھُ ختم کوٚ رمُت

۳۱ مارچ، ۲۰۰۰ء

# خط

بڑ چانہِ نیرِتھ میون گرٕ واژاو مگرژپری
تشنس یواں اورٕ ے چھُ یہِ دری یاو مگرژپری
صُبحُک ہوا تےَ لون تبسّم چھُ گُلن ہُند
وۄتھ کارِ خاأرس پٔتھ یہِ صُبحُک واو مگرژپری
یئلہِ سنگِ گُل ژوٹ رنگِ گُل کیا ژھارِ طلب گار
برجستہٕ گُل ڈیشتھ چھُ سوچاں کاو مگرژپری
تم لال سأری أسی ...... یم دری یاوِ برُٕد گری
وۄنی زون اَسہِ ہےَ اوس لالن باو مگرژپری
بجُرُک یہِ عالم، ہنگہٕ زژر، ٹارٕ اویزان
تٔسی لیۄکھی زِ ڈیکس تلۄ زِ یئند ناو مگر ژپری

سنگِ گُل: مطلب پوشس ستی وۄتھہٕ پٔتھ تھاوُنی۔ اردوٗ وألی چھِنہٕ ہیۄندی فارسی ترکیب گران۔

پۄت منظر: ۵ دسمبر ۱۹۹۶ء اوٗسُس بہٕ صُبحس سکوٗل نیران۔ آنگنس منز ووُٹھم جناب مرغوب بانہالی ہٕند طرفہٕ ''کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس پٔتھ فارسیُک اثر'' سیمِنارُک دعوت نامہٕ، یُس امیۍ دوہہٕ ختم سپدَن وول اوس۔ اَتھ پٔتھ گومیۍ سخ افسوٗس تہٕ أتی نے لج میۍ تارن زپر تہٕ لیچھم یہے غزل نما نظم یوسہٕ مرغوب صأبس تام تہٕ واتنأوم۔ وۄنی آیہ یتھ نظمہِ دُرستی تہٕ کرنہٕ۔

# ۲۱ دسمبر

خورشید روے لۆبُھ نٔتس منز

البتہٕ چھِ کینٛہہ راٗوی وَنان

زِ سہٕ اوس سیاہ چُھس ژھِننہٕ آمُت

یارن ہندِ ڈسی نہٕ

بلکہِ حضرتِ یعقوبؑ سند بن فرزندن

خاص پٔتمن باین ہندِ ڈسی......

بہر حال

تَس اوس وونی یہ ڈٔپی زِتہِ

مَزرَ ے اٗخرتُک سریہہ تہٕ شِٹھیو مُت

تۄ ے تہٕ اوسُس نہٕ دردُنیا کھسنَس وونہٕ یوان

سہٕ کۄ رُکھ مجبوٗر تہٕ کھوٗرُکھ

زمہریرُک تاج برسَر

اٗری نہِ رنگ اوسُس شراوَن ہیہ گومُت

تسُند حال وُچھِتھ

ڈیٖلے یہ پوشہِ نوٗلس پٔنٕ تہٕ سپُد فرار

لٔکہ ٹۆٹھ بُلبُلس گو "چھِ چھِ" مُشِتھ

تہٕ ژاو پھوٗتی کنٕی اٗلِس

دَ پھ   کریٖہنٛ کاوَن کوٗر   ٹاوٹاو

پکھہٕ وہراوِبن  تہٕ تمِنٛے تَل        کوٗرنس وُشنیر

ادِپوٗک قدماہ قدماہ دِوان

تہٕ پیوٗ وکیاوٲتتھ مِصر

اَتہِ  پھیوٗ رکاووٲپس تہٕ

خورشید رویس بیوٗ ٹھنمس ...... پأز

پتہٕ وٲتی توٗت  تارَکھ   کاہ

یمہٕ ے منزٕ اوس دوٗ وکھنڈ سأزشی

مگر  دوہ  پیٚکھ تہٕ زوٗن افتابہٕ  ہتھ

پیوٗ کھ خورشید رویس نمن

گاہ پیوٗ و    زِ کنعان تہٕ گومنوٗر

گجا ۲۱ دسمبر

تہٕ گجاوہنٛی دوٗشوٕنی قُطبن

...... یکوَٹے بہار

۸ دسمبر، ۱۹۸۸ء

مزرَ ے اَخرت: اَ خرتُک کھاہ۔ مطلب یہِ سون دُنیا۔ یتھ منزٲسی رٕ ژ یا بدعملہٕ چھہِ کران، یمن ہُند جزایا سزا اَخرتس منزاسہِ ضرو رمیلہٕ۔

# اَتھہٕ شَرتہٕ فضل

بیٚیہٕ سمکھیوم

سُہ نیم حکیم (خطرۂ جان)

تہٕ شدید نیم مُلا (خطرۂ ایمان)

وۆنم: ''پتہٕ کیاہ وۆنتھے نہٕ

بہٕ چھُسا بوٚڈ بارٕ عائلم کِنہٕ نہٕ؟''

کیٛنہہ تۄگُم نہٕ بوزُن، وَنس اَے تہٕ وَنس کیاہ

اٰخرتہٕ سنبا جم ڈیٛلے مژٕ پنہٕ داو

تہٕ وۆنمس: تۄہہِ تعظیم، تۄہہِ عزت،

بڈی بارٕ عائلم یِے گیہِ تہٕ تمے''

اَتھ پتھ وۆتھ سہ ُپلہٕ پتھہٕ پۄنز

تہٕ ژٕ ھنٛنم نیٛسنگاہ ژھی

اٰخر گومیٛتہٕ (حضرت موسیٰؑ سندی پاٹھی) اتھہٕ شر

امہِ بروٚنہہ زِ

فرعونی پُلسہٕ رَٹہٕ ہے میٛہ

بہٕ اوسُس مَدین پیٚومُت واتتھ

۲۳ نومبر ۱۹۸۸ء

مَدین: اکھ پرون شہر یتہِ حضرت موسیٰؑ ہَن نبی بننہٕ برونہہ کیٛنہہ وری گذ اٰرِی۔

# فلیش

تہنز بس
تہِ اُس تیز رفتار
تہٕ سائٕ تہِ
اچانک گُردوشوٕ ڈرایورَ وِمخاُلف طرفن
گُن لایٹ آن
تہٕ ستی سوٚ ژرووٗ کھ پِٹنن پِٹنن
گاڈِ بن ہُند رفتار
تَم اُسیاتہِ پانہٕ وٕنی زاٗنی کار
توٚ رنہٕ صحی فِکرِ
مگر اَتھ ڈُگوشس منزآو
اورِ یورِ چِن سوار بن بُرُنز کھنڈ اَتھِ
اَسہِ پرِزنٲوی تَم تہٕ تَموٲسی
وۄن کوٚرنہٕ کَہیں تہِ
دَپھ اُچھو اُچھو اُسی اُسی
تِہندِس توٚرٕ نبتھٕ ننہِ ینس
تہٕ تَم سائٕنس یورٕ شیرِ تھ پرِتھ
گرِ چھنس پیٹھ خبر کیا ژرژان

۱۵ دسمبر ۱۹۸۸ء

flash

# دۆیِم آدم

کرالن پول وعدٕ

میٛہ کۆرُن آلو

اِشارٕ کورُن نۆژوِنہٕ ژرچہِ کُن، تہٕ وونُن

"غنی نوٚ چشمو وُچھ

بانہٕ کتھہٕ پاٹھی چھہِ ژرچہِ پٹھ کھسان

تہٕ کرالہٕ پَن کوسہٕ کأم چھُ

سرانجام دِوان"

ژرچہِ کیاہ گنڈم مُدٕ یے تہٕ آم

بربم:

وُچھُم پنُن بانہٕ تہِ گیران گیران

ہیوٚر ہیوٚر کھسان تہٕ کرالہٕ پنہٕ

ستی ژٹنہٕ یِوان

أتھی گتاشتِس منز وُچھُم گرمیِہ پنجاہ

موقہٕ آم موضوٗع بدلاونس تہٕ

موقہٕ آم موضوٗع بدلاونس تہٕ
وۄنمس: ''بانہٕ چھوا تُہی یِمےٚ
میٚژِ ہندی بناوان؟''
اتھ وۄ ٚ نُن: ''نہ نہ، گُر میٚژِ چھا بانہٕ بنان؟
اَتھ چھُ کُنکھ بوٗ وان''

''کُنکھ' بوٗزُم تہٕ کھیٚیم وۄٹھ،
اَوَے تہٕ وۄنمس: ''وۄستادا! بَس کر
امیک چھُس نہٕ یِتھے بوٗزُن یژھان''

وۄستادس گوٗ کتھ ژٕٹنی ناگوار،
نستہٕ کَنی دراس دٕہ، بُمہٕ چونکھراوِن تہٕ وۄ ٚ نُن:
''افسوٗس نادانن! رَٹن ہار چھِنہٕ (آسان) ''
مُجادلہٕ ژَٹنس یِیلِہ نہٕ چارٕ لۄگُس، اتھے کیا
کوٚرُن بٔیس أ رکس میٚژِ ہُنس کُن
اشارٕ تہٕ وۄ ٚ نُن: ''وُ چھہ یہ سأنی کرٚیہنی میٚژ
بانہٕ چھہِ أسی امیٚے میٚژ ہندی بناوان
بوٗزُمت چھُتھا، کپس چھہِ أتھی میٚژِ بوٗ وان''
کپسہِ ہُند ناو بوٗزِی تھے گیہِ میہٕ لارنہٕ
دُ گوٗشِس منز ہیٚژ امس کرٕھس تل اَژُن
زِنز دپلکی سیکہِ انبرن کوٚرُم اتھہٕ روٗٹ

مگر

شہمتھ پھٲرِم، ٹسنہٕ کوٚرمس تہٕ وۄنمس:

''وۄستادا! یہِ سبکھ آسی گراکن اَچھن ژٕہنی

اَخرنہ چھیٚ یہِ گُرِ تہٕ نہ کریٚہنی میٔژ''

کرالس گو میون رِگنڈُن تہِ برطبع،

اَچھ گٔیس رَتہٕ ژاٚنگی، کنہٕ واوکوٚرُن

کھرنگ کیا ژھوٚ ننم زِ

کارخانے گو بند

میٚ وُچھ تہٕ بہٕ اوسہس بیٚہ ہے اَرِکس

دُنیاہس نتھ

ترٲوِتھ ژھوٚ نمُت

۱۳ اکتوبر، ۱۹۸۶ء

# آمبن ٹاکبن

کیا زماناہ اوس ، ییٚلہِ زٕن لول اوس

مأج کیا رٕژ اُس رُت کیا مول اوس

ماجہِ مأژس اُس آسان کأر تھٕز !

مایہِ ہۆت اَولاد کاساں ہول اوس

توٗر واہنٕز چھانہٕ ہیے مٕٹہِ اُس کأم

بانڈ زانان نغمہٕ، وا یاں ڈول اوس

پوٗختہٕ چیزن اوس آساں کار و بار

گوٗج ڈونبن اُس ،آنچن خول اوس

سوکھ تہٕ راحت اوس بخشاں وپرٕ وار

اُتھی اندر بُلبُل بناواں اول اوس

غُربتس اندر تہِ لُکھ خوش حال اُسی

خال کانہہ انسان آسَن وول اوس

بأگہٕ رأوِتھ اُسی لُکھ ہبن ہَن کھوٗاں

اوس کیاہ کھبن ، پنگہٕ تہٕ بٮ۪یہِ شول اوس

اوس ظاٲہر باٲطِنک پٔے ہیتھ یِوان
فعل کیا زَن اوس آسان قول اوس

نیستی منز اوس سُتہِ راحت لَبان
کانہہ اَگر پٔزی پٔڈھی کوٚہہٕ تیتھول اوس

اٚس مجلوٗنس تہِ اٚہے کھاسی ہَن
مَس دھرم جوٗگس ژھوٚ رٕ ے کشکول اوس

پادشاہا اوس تیٚلہِ ہاروں رشید!
مَس قلندَر ، بوے تَنٕس بہلول اوس

ژوٚر تامَتھ اوس آساں باحیا......!
حق دَرَس حق دیاوِ ناوٕاں ژرول اوس

خاندرن پیٹھ اٚس آسان سادگی
منزی ہواٚیاہ ، منزی وُڈانٕ بنگول اوس

حق تہٕ پوٚ زوَنہِ ہے سہ ٕیُس کرِ ہے منع
کانہہ تہِ بد خاٲہی نہ اَتھ منز دول اوس

راٚژ منز رٕژھرِتھ ڈُنگ ہنگامہٕ اوس
نَے تذبذُب اوس نَے پستول اوس

ذاٚژ بیوٚن اٚستھ تہِ دُنیا گول اوس
زَن ہِشی گتھ دِل تہٕ اِستنبول اوس☆

کیا مُجن اندر تہِ قندُک سواد اوس!
آب رَتھ اوسُے نہٕ، نَے دود کول اوس

ووٗنی چھِہ اَکی ہے جنگلس اندر پھبان
دپِو دارس نِش الگ اَرکھول اوس
بێیہِ یہِ اۆ گجن درمیان جادَے وَژھر
تێلہِ تہِ اونگجن درمیان نتہٕ زول اوس

حسرَتھے حسرَتھ چھِہ ووٗنی باگنٕہ یواں
اَسی نہ ییتھی اَسی نہ یُتھ ماحول اوس

۱۵ جنوری، ۲۰۰۰ء

۱۔ مس دھرم: سہ یُس پننس دھرمس منز تیوٚت لین تہٕ آوٚر آسہِ زِ دُنیا وما فیہا ہُک آسبس نہٕ ظون تہِ۔
ہرگاہ 'مُحترم' لفظتہِ اِستعمال کروس، ناکارٕ چھُنہٕ۔

۲۔ دِل: دہلی

۳۔ اِستنبول: تُرکی ہُندا اَکھ مشہوٗر شہر۔

☆ امہِ شعرٕچ بُنیاد گرمیہٕ پننہِ نچوی شیخ اِشتیاق راضین فراہم۔

# تَوٚ پتہٕ ووٚن نَم

ہَرُدچھُ ژامُت

تہٕ لطیف تاپکی طلب گار...... گٹہٕ زنزی

چھہِ اَوی جہِ زاَوی جہِ پکھہٕ وایان وا یان

ہُمہِ تھَر، ییمہِ تھَر

تہٕ ہُمہِ وُڑٕ ریتھ وُڑٕ رٹٕرتھ

تاپک ہَرتر ٹُلان

ہَرُد تہِ روزِنہٕ ڈَنجہِ تہٕ

زمہر پر گنڈِ ہرشہِ پیٚتین ہُند سلاح سامانہٕ

تہٕ وَسہِ ماٗدان

گُلی کُڑ ین سرِ بازارٕ نبتھہٕ نٔزترا ونہٕ

تہٕ سبزار ییہِ دوہٕ کرنڈِ منزی

تل پاتال والنہٕ

یہِ ڈہِشتھ پھیرِ اکہٕ گُلبن موٚتن

تہٕ روٚٹنگھ ہربن پیٚٹھے أندرَم

ہَرٕ دراٗچھ گرٕھن گُلبن نوکھن دِتھ رحمتِ حق۔

کُگُولہٕ، کُتی جہِ، رنگہٕ ژَرِ

رَنگہٕ بُلبُل، پوشہِ نوٗل، کستوٗری

ڈٕپو سأری وِزپٹر گرٛھن      راتو راتھ

نیرٕ وُنہٕ نیرِتھ

اما پوٗز

ہارِ ژٲرِ بُلبُل

تراوَن نہٕ تیوٗت گرِتھ تہٕ پٔنٕنی موج کشیر

مگر سپدِ یہٕ زِرَتٕس راوبکھ

وُشنیر

تہٕ مشکھ بول بوش

یہِ آسہِ چلٕے کلان پٔنٕن اہل وعیال ہتھ

حملہٕ بَرملأ زِم کرٕنٕچ تیأری کران

تہٕ وُچھان وُچھان گرٛھہِ آفتاب

نٔتِس منز

مگر

فِل حال چھہِ

لطیف تا پٕکی طلب گار...... کٔٹہٕ زٕنزی

تا پٕک ہرِ ترٛ ٹلان۔

۲۸ نومبر، ۱۹۸۷ء

1. visitor.

# کیکُر

'

'ٹلہٕ گُلِس سمکھاُوِکھ
پانہٕ پٔنٕز اتھہٕ (چھِنی ؤنتھ)
بوٚزٕ
گٔرِکھ گوٚڈٕ لن حوالہٕ (ایہٕ اٲنی زاٲنتھ)
تہٕ یہٕ ہُرٕ
نہ، نہ، کیکر گُل
تِکیازِ یہٕ ہرَن چھُ وُنیکتام
(توٚندرٕ ورٲے) شِکم پُرمُت''
''مگر
کیکر گُل تہِ کیا ژوٚنٹھ گُل چھُ
زِ خلاٸق کھسہِ یڑٕ تہٕ میٹھ بھاس''
''یہِ تہِ پوٚز
مگر یہِ کیکر گُل چھُ جرسی گٲون تہ
پنہٕ بود فراہم کران
یٔہِ چھُنہٕ یہِ سوال

محض اِقتصادیاتک
بلکہِ پَرہسٹری مقابلہٕ سانہِ
جغرافیاہک
تہٕ کیکر گُل چھُنہٕ
مۆت منصوٗر
بلکہِ سانیٚ جندُک پیوَند......
......سخت جان عفریت
مأری مأری تہِ چھِس أ ِکس أ ِکس
رَتہٕ پھیرِس ساسہٕ بُدی دیو
آفرید گرٕ ھان"

"اِدٕ سأیوش متہٕ وَنِتھس
بلکہِ کوٚنڈ
نتہٕ ہاوتہٕ فراخدِلی
نِٹشے سُند 'فوق اؔلبشر'
عبدُلکریم جیلیؒ سُند 'مردِ کأمل'
تہِ وَنِتھس
تاکہِ امیٚ توسُلہٕ وَنِس بہٕ
علامہ اقبالُن رحؒ 'موٗمن'......
جہاں میں اہلِ ایمان......"

○

کاندٕ ریارو!

خوش خبری بوٗزِو

تہٕ وارٕ بوٗزِو!

سلامت تُہندی توٚ ندرٕ تہٕ

جرسی گُپنن ہندی شِکم

تہٕ وُنیکتام دراو تہِ نہٕ کانہہ  ساینسدان

تیٚمی سہٕ زہرٕ بوٚ رُت انجکشن وجوٗدس اوٚن

یُس موٗلس موٗلس تیلہِ تہٕ

کیکر کُل گرشھہِ نابوٗدٗ''

۱۱ اکتوبر، ۱۹۸۹ء

# لأزِم تہٕ ملزوٗم

سِری یہ اگر نہٕ آسہِ
ہے
زوٗن تہٕ ما نہ آسہِ ہے
حلقہٕ اگر نہ آسہِ
ہے
کوٗن تہٕ ما نہ آسہِ ہے
بستہٕ اگر نہٕ آسہِ
ہے
موٗن تہٕ ما نہ آسہِ ہے
ییٚلہِ نہٕ شکم تہٕ آسہِ
ہے
توٗن تہٕ ما نہ آسہِ ہے
نوٗن اگر نہ آسہِ
ہے
خوٗن تہٕ ما نہ آسہِ ہے
ییٚلہِ نہ بشر تہٕ آسہِ
ہے
ہوٗن تہٕ ما نہ آسہِ ہے

۲۱ مارچ، ۱۹۹۸ء

# سیٚکہِ دوٚس

دۄ پٔکھ راتہٕ کرٕلن ......"وٕلو تَے وٕلو

دَیِو رَنٛدٕ ......فرزنٛدٕ لأگو ، ڈٕلو

کانہہ ہے آسہِ پرٛۄن تس ٲمٕنٛز پھش دِیِو

ہٮ۪تھ ہے آسہِ کریٚہنیار، ینہٕ تس چھٕلِو

یِیٚتمِن یِیٕ اَتھ وَتھ تتمِن منزٕ یِو

ڈٕپو پوشہِ نوٗلن دٔہمیں دَم گٔلِو'

'وُنیٚک تام آٲمتی ییم چھوکھ آسہٕ نَو

تمن یِیٕ اَنٛگ پٲنٛز پانَے بٔلو

تٔلِو گورٕز تَے نیٚزٕ، مأداں وٕسو

ژٔٹتھ زوٗن تْرأویوٗن، تارکھ تھٔلِو

کٔنِو' سوٚتھ دِیِو شِشترٕو دوٚس گٔنڈِو

دِیِو پَنٛجہِ پٔتھرِ تہٕ ینہٕ کانہہ ڈٕلو

سِمو قطرٕ ، سہلابہٕ صوٗرت رٕلو

اگر ژھین تہٕ کانہہ دِیٕوٕ ستی رٕلو

چپاتھے ،دوٗ گے ،کینہہ نہ کینہہ زِلہٕ بوٚ کے

نَتہٕ دُشمنس کریٚہنہٕ ماژے تِلو

مُدا ......آفتابس مہ کھسہٕ نَے دِیو !

کھٕیو کیاہ ،چٕیو کیاہ ،،تہٕ گتھ پٕٹھ پٕلو؟



مگر آفتابن زٕژن کوٚر حوٚکُم:......

''کرِہُن کال راتُک نِظامے کھٕلو''

ٹُلُکھ شور و شَر ''بوٚٹھ کھٕسِو بوٚٹھ کھٕسِو''

جِنَو زنتہٕ لرزاوِ دوٗ پہکھ : '' اٗلو''

دوٗ پُکھ راتہٕ موگلن: ''گٕلِو ہے گٕلو!

گٹو !مے ژٕلو ، مے ژٕلو، مے ژٕلو!''

۳فروری،۲۰۰۰ء

# شانہِ بڈی سندِ ناو

یِیلہِ یاد پہوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا
منہِ میانہِ گبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

بہِ نہ چون بناں، تہِ ژِ میانہِ موکھن
غَم کیازِ ہبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

لگہِ زوٗن تہِ اَسہِ، ژیہِ نہِ کانہہ پرَوا
کیٚنہہ کونہِ کھبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

ژِ تہِ میانہِ لاچار گژھان
نہ ژِ ماجہِ زبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

اَفتاب چھہِ لوساں، ژِ اَنگی ژھبوٗاں
لوساں نہ ژھبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

گم چھِی نہِ خزانے آبِ حیات
تی ما ژِ چبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا؟

راضی تہِ چھتاں، چھس اَڈی جہِ تروشاں
ہَردَم ژِ جبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

شُنزِ یا تہِ سراں چاۓنی قُدرت
زُنہِ گاشہِ مبوٗاں چھُکھ شانہِ بڈیا

۶ دسمبر، ۱۹۹۹ء

۱۔ جواں : کُلَّ یوم ھُوَ فی شان ٥ (سورتہ الرحمٰن، آیت : ۲۹، پارہ : ۲۷)



ناو: عبدالرحیم شیخ؛ مالِلی سُند ناو: مرحوٗم عبدالرحمان شیخ

قلمی ناو: ایس راضی؛ زاجاے: کنہلوٗن (ڈچھنپور)

زاسنہٕ: (اَٹھ سٹھی)ٚ سَتھ نومبر، ۱۹۴۳ء

زبانہٕ یمہٕ بہٕ زانان چھُسکھ (یَتھ حدس تام زِ گاہے بہ گاہے پٕرناوِم سکوٗلن منز): کاشُر، انگریزی، ہندی، فارسی، عربی تہٕ سنسکرت

☆ ۱۹۵۹ء: میٹرک (جموں و کشمیر یونیورسٹی) طالبِ علم: گورنمنٹ ہاے سکوٗل، بجبہاڑہ؛ ☆ ۱۹۶۱ء، برتی بحیثیتِ ووستاد؛ ☆ ۱۹۶۳ء: کلامِ راضی؛ ☆ ۱۹۶۸ء آنرز اردو (علیگڑھ)؛ ☆ ۱۹۶۸ء: ہندی راشٹر بھاشا پراتھمِک (واردھا)؛ ☆ ۱۹۶۹ء: بی، ای، سی؛ ☆ ۱۹۷۱ء: بی، اے (کشمیر یونیورسٹی)؛ ☆ ۱۹۷۵ء: ایم، اے اردو (کشمیر یونیورسٹی)؛ ☆ ۱۹۷۶ء: بی، ایڈ؛ ☆ ۱۹۷۶ء: آنرز (کشمیری)؛ ☆ ۱۹۷۶ء: ترقی سینیر ٹیچر؛ ☆ ۱۹۸۰ء ایم، اے کشمیری؛ ☆ ۱۹۸۱ء: ایڈیشنل سبجکٹ ہندی میٹرِک؛ ☆ ۱۹۸۱ء: ترقی ماسٹر؛ ☆ ۱۹۸۲ء: مانزِ گُلی میانی (نظمہٕ تہٕ غزل)؛ ☆ ۱۹۸۷ء: دَیھ شابَش (طنز و مزاح)؛ ☆ ۱۹۹۰ء: نوٗرٕ علیٰ نوٗر (دینی تہٕ اِخلاقی شاعری ہُند گوڈنیک جلد)؛ ☆ ۱۹۹۱ء: ہمرنگ (غزلن ہُند گوڈنیک جلد)؛ ☆ ۱۹۹۳ء: بُلبُل (شُرہن ہندِ خاطرٕ نظمن ہُند گوڈنیک جلد)؛ ☆ ۱۹۹۷ء: مشک (دینی تہٕ اِخلاقی شاعری ہُند دوٗیم جلد)؛ ☆ ۱۹۹۷ء: ترقی ہیڈ ماسٹر؛ ☆ گُل تہٕ گلزار (شُرہن ہندِ خاطرٕ نظمن ہُند دوٗیم جلد)؛

☆ ۲۰۰۱ء ..... انشاءاللہ: سَمکھ تہٕ وَنے (نظمن ہُند گوڈنیک جلد)